| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُند ناو | : | باقیات |
| مُصنف | : | محمد ایوب بیتابؔ (۱۹۳۹۔۲۰۰۵ء) |
| زاجائے | : | شُپین |
| چھپنۍ وٗری | : | ۲۰۰۷ء |
| تعداد | : | ۵۰۰ |
| چھاپ خانہ | : | |
| موٗل | : | ۲۰۰ روپیہِ |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | سرینگر کمپیوٹرس غوثیہ کمپلیکس مہاراج بازار امیرا کدلِ سرینگر |
| شائع کرن وول | : | پرویز ابن محمد ایوب بیتابؔ تھکہِ پینڈ، ٹینگ محلّہ، شُپین۔ |

کتاب ملنٕک پتاہ:

۱/ اقرأ کتاب گھر جامع مسجد روڈ شُپین

۲/ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر

# فہرست

☆☆☆

# یادش بخیر!

چھاۄنی یٔژھی نو پوشے پوش

اَسہِ پیٚیہِ نرِ دِنہِ نارس تام

بیتاب

بیتاب اوس بیٚیہِ بیمار سپُد مُت ۔ ہِژس اوسُس تکلیف ۔ علاج اوسُس چلان تہٕ آپریشنچ تہِ اَس کتھہٕ کتھ چلان ۔ یہٕ گوس خبرِ ۔ اَمہِ وِزِ اوس نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ خبرِ وول آمُت ۔ أسی أسی زٕ ے کمرس منٛز ۔ تٔمی انہٕ نووپنہٕ نہِ لائبریری منٛزٕ اکھ بریف کیس تہٕ پلہٕ نووُن مےٚ گُن ۔ ءستی ووٚنُن ''یَتھ منٛز چھُ میون باقی کلامہٕ ۔ مےٚ پتہٕ یہِ شائع کرُن چھےٚ ووٕنی چأنی کأم'' ۔ یہِ اوس اکھ قدرتی امر أسی أسی اکھ أکِس سِرِ بأج ۔ جوأنی ہنٛدِس عالمس منٛز اوس اَسہِ زندگی ہُنٛد ژوٚک موٚدُر ریکہٕ وَٹہٕ روٗزِتھ ژولمُت ۔ خیالن ہنٛز أسی ہم آہنگی تہٕ تسُنٛد اکھ جان عہٕ دبی شخصیت آسنس بیٚیہِ پتہٕ نگیں مزاج شأعر آسنس اَمہِ علاوٕ

مبرنجان مبرنج طبیعت ، گرمی تھاون واجبن دوستدأری ......یم أس تم صفت تِمس اندر ریموۍ ستۍ بہٕ تسُند گرویدٕ سپدُس ۔ بہٕ اوُسس جنگلن نین تہٕ نیر بن منز بیٕہِ کینٛہہ یار دوست ۍستۍ پکہٕ نأوِتھ محفلہٕ آراستہٕ کرن ۔یمن منز بیتاب پننۍ تازٕ زلہٕ وِنۍ زلہٕ وِنۍ شعر بوزنہٕ ناوان اوس ۔ تمام محفل أس گاہ سبدٕ وٕکس ، گاہ أہرِ بل ۪کس تہٕ گاہ کونگ وٹنہٕ ۪کس یارِ ہوٕ ہس منز یہِ ڈٕپۍ زِ تہِ وجدس منز یوان ۔ تمہٕ وِ ے مزٕ دار محلفو ووپدووٕ یہِ شعر بیتاب صأبنہِ شعری خزانہٕ منزٕ یُس ووۍ شُپین علاقس منز زبان زدِ عام گوٗمُت چھُ ۔

کینٛہہ ساتھ زندگی منز حأصل چھُ زندگی ہُند ا

باقی چھےٚ وأنس راوان تم ساتھ ژھأری ژھأری

برہیف کیس روٗٹ مےٚ اَمِہ خیالہٕ نہٕ کینٛہہ کہِ بیتاب یہِ ونان چھُ تِکیاہ چھُ لبہٕ لیکھِتھ حرفِ آخر ۔ حالہٕ ہوشہٕ اوس ٹھیکھ پأٹھۍ ۔ شاندس پیٹھ آسس کتابہٕ جوراہ ۔یمن ہُند مطالعہ آسہِ ہے کران ۔ کمزوری تہٕ صحیح عموٗمی حالت تہِ أس نہٕ تتھ حدس تام یوسہٕ تہِ باور کرنس معنی تہٕ مطلب دِیہِ ہے یہِ تِمۍ مےٚ گُن تمہِ وِزِ ووٗنمت اوس ۔ یعنی ووٗنۍ چھےٚ تَس زندگی ہنٛدی کہٕ کینٛہہ دوہ قسمتس سُہ زَن اوس شأعرٕ سنٛزِ زبأنۍ ونان کہِ ووٗنۍ چھُ بَس اکُے صدم باقی ۔

ہو چکیں غالب بلائیں سب تمام

ایک مرگِ ناگہانی اور ہے



مےٚ ووٗمس تسلا دِنہٕ خاطرٕ نہٕ کینٛہہ بلکہِ پزۍ کہِ ژٕ چھکھ ٹھیکھ ۔ یمہٕ

کتھ چھےٚ اَز معموٗلی ۔ آپریشن گژھہِ تہٕ ژِ سپدَ کھ صحت یاب ۔ ووٗنی گو بریف

کیس ، یہِ نمہ بوتہ کیازِ مےٚ چھُنہٕ "گزل" تہٕ "وتراوٗن پیوم" شائع سپدنہٕ

پتہٕ چون کلامہٕ بوٗ زمُت ۔ گوکہِ کینٛہہ غزلہٕ آسَم شہرٕ ڈیرس پیٹھ بوزِ مژٕ ۔ مگر

سوٗرے کلامہٕ نہٕ کینٛہہ ۔ حالاتو اَسی اَسی اکھاَ کِس نشہِ دوٗرٕ راٰ وِمتی ۔ نتہٕ اَسی

ناٰلی نال آسان ۔ مےٚ ووٚنمس بہٕ پرٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ لیکھہٕ بہٕ چانہِ شاعری پیٹھہٕ

بیا کھ اکھ مضموٗن ۔ مےٚ اوس تیسنٛزِ شاعری پیٹھ اکھ مضموٗن لیوٗکھمُت یُس

کاشُر ادبی جریدٕ "ثقافت" کِس بیتاب نمبرس منٛز شائع سپدمُت اوس ۔

"اِدٕ تِتہِ چھُ ٹھیکھ" بیتابن ووٚن ۔

آپریشن سپدِ تہٕ بہٕ گوس ہبڈٕ ونی ہسپتالس منٛز بیمارس خبرِ ۔ افسوس خوش

گُفتار شاعر بیتاب صاٰبس اوس کلامُک طوطہٕ بند سپدمُت ۔ کاغذ پُرزاہ

لیوٚکھُن تہٕ پلہٕ نووٗن مےٚ کُن ۔ اتھ اوس انگریزی پاٹھی لیکھتھ

"Had I known this operation would be so painful, I would not have gone for it."

سون مشترکہٕ دوست طاری صاٰب گوس خبرِ ۔ تِمس یُس کاغذ پُرزٕ پلہٕ

نووٗن تتھ اوس غاٰلب سُند یہ شعر لیکھتھ ۔

دمِ واپسین برسرِ راہ ہے
عزیزو بس اب اللہ ہی اللہ ہے

۱۲ دسمبر ۲۰۰۵ گو بیتاب صاٰب اَسہِ داغِ مفارقت دِتھ ۔ بریف

کیس روٗ د میے اَتھہٕ ۔ تٔمؠ سۭنز کتھ دڑ ایہِ لبہٕ لیکھِتھ حرفِ اٰخرٕ ے۔ ے

ہستی سے عدم تک نفسِ چند کی ہے راہ

دُنیا سے گذرنا سفر ایسا ہے کہاں کا

وونی چھےٚ حقیقت یہِ کہِ تسُنْد باقی کلامہٕ چھُ تسُنْد ''جنّت نشین'' گرٕ ھنہٕ پتہٕ شائع یوان کرنہٕ ۔ بریف کیٚسس منز یُس سوغات اوس سُہ اوس زیادٕ تر غزلن پیٹھ مشتمل ۔ کینٛہہ نظمہٕ ، کینٛہہ مراثی ، نعت تہٕ بییہِ کینٛہہ ہیکو شکلہِ منز ژھوچہِ نظمہٕ تہِ آسہٕ بغرضِ اشاعت تھاونہٕ آمٕژ ۔ بیتاب صأبن اوس نہٕ اَتھ پننہٕ رٚنس سوزِ جگرس کانٛہہ ناوتہِ تھوومُت ۔ تۄے کٔر باسیو موزون کہِ اَتھ وَنو ''باقیات'' ۔ یہِ سوٗرے مواد اوس ناگہٕ بل شُپین رٚکس عبدالعزیز ملک صأبنہِ اتھہٕ خوش خط لیکھِتھ ۔ یہِ اوس زبر پأٹھی لیکھِتھ تہٕ شیر پأر کٔرِتھ ۔ مگر بیشتر غزلن تہٕ نظمن اوس نہٕ تأریخ تہٕ نۆ اوس ترتیب ۔ یتھہٕ کٔنی آیہِ نہٕ بیتاب صأبُن باقی کلامہٕ چھاپ کرنس منز کانٛہہ تہِ مُشکل ۔ عبدالعزیز ملک صأبس پزِ اَسہِ شکریہِ ادا کرُن ۔ تکیازِ تمو اوس بیتاب صأبُن کلامہٕ محفوٗظ کرنس منز محنت تہٕ دلچسپی سان کأم کٔرمٕژ ۔ کمپیوٹر ٹائپ کٔرِتھ پۄر مسودس پرُوف محترم غلام حسن مضراب تہٕ بییہِ شہزادہ رفیق صأبن ۔ یِہُنْد شکریہ تہِ پزِ اَدا کرُن ۔ خدا کٔرِن تژ بشوٗنی صحت تہٕ خوشحألی عطا ۔

''باقیاتس'' منز چھِ بییہِ کینٛہہ چیز شأمِل کرنہٕ آمٕتۍ ۔ یمو منز چھُ خاص پأٹھی سُہ کتھ یُس بیتاب صأبن پأنی پانس پیٹھ لیوٗکھمُت اوس ۔ یُس بریف

کیسہٕ منٛزٕ باقی کلامس ستیٚ اَسہِ برونٛہہ کُن آو۔ شیخ العالمؒ چھُ ونان ؎

زندگی چھےٚ برونٛہہ برونٛہہ موت پتہٕ پتے

یہِ چھُ دُنیا شہرُک اَتے گتھ

سرتن خدائے گار تِہنزٕ وَتے

ییٚتہِ مالہِ روزان نیک و بد کتھ

غلام نبی گوہر صأبن بوزنٲوی بیتاب صأبنس ژوٗرِمس پیٹھ پٔنُن لیوٗکھمُت کتبہِ۔ اتھ منٛز چھُ بیتاب صأبنِ گذرنُک سنہٕ تہٕ تأریخ کڈنہٕ آمُت۔ مرحوم سِنٛدِس ژٕہہمس پیٹھ سپٕز مرحوم سِنٛدِ گھرِ تھکہِ پینٛجہِ شیٚپنہٕ مراز کلچرل سنگمہٕ کہِ طرفہٕ اکھ تعزیتی تقریب۔ اَتھ منٛز کوٚر بیتاب صأب پننٛہٕ نوٚ یارو دوستو وژھہِ وأنجہِ یاد۔ شأعروکوٚر منظوم خراجِ عقیدت پیش۔ اَمہِ منٛزٕ چھےٚ غلام نبی ناظر صأبنٛی، غلام حسن مضراب صأبنِ نظمہٕ شأمِل کرنہٕ آمٕژ۔ ناظر صأبنِ نظمہِ منٛزٕ تہِ چھُ بیتاب صأبنہِ وصالُک سنہٕ تہٕ تأریخ درآمد کرنہٕ آمُت۔ ییٚہِ چھےٚ میأنٛی اکھ ذراطویل نظم تہِ شأمِل۔ یہِ چھےٚ جسارت تِکیازِ بہٕ چھُس نہٕ شأعروٕنٛی گویار ییٚلہِ برہم دِتھ ژلہِ تیٚلہِ کانٛہہ برٕنٛزِس پٔہرس شأعر بنہٕ تتھ کیاہ کرو۔

اٰخرس ''باقیات'' یعنی کہ بیتاب صأبنٛ اٰخری شأعری سرمایہٕ چھُ پیش۔ اہلِ نظر پٔرن تہٕ کأشرِ شأعری منٛز یُس بیتاب صأبنٛ مقام خاص طور بحیثیتِ اکھ رُت تہٕ زبر غزل گو شأعر برونٛہہ کنہِ یوان چھُ سُہ وُچھن تہٕ پرکھاوُن۔ یہِ چھُ پاسہٕ سوٗن۔ شأعری ستیٚ شغف تھاون والین کٕیٚت رُت تہٕ

باعثِ کشش کلامٕہ

تتھ نغمس یتھ از چانہِ دِلچ
دُبرائے چھےٚ ڈل تھتھرائے ٹلان
تتھ للہٕ وِ دوہے کوچھِ یارِ ہوا
تتھ پورِ نہٕ شہرُک تاپھ زٕنہے

رحمٰن راہی

محمد شفیع خان

# غزل

ژٕہنزِ ژٕچ چھُم پرٕتھ اکھاہ مٔشر وومُت
کُس سَنا ییٚمی یوٚت چھُس چھوٚرووُمت

ٹوٗری گُمہٕ ؤنی وُٹھ ہوا ژٕنژٕلی گِنداں
سبز زارو سُلہِ ہلم موختوومُت

یادٕ نے ہنزِ بونہِ شِہلِس ڈاپھ دِتھ
ژھارٕہن ییٚہِ پان موٚشمُت رووُمت

ہاوسن آنگن ژھو کیومُت خاب شرٗوٚپ
پان ژوٚمرُم جان چھم چھکرووُمت

چھُکھ ژٕلان بے شوٗنکھی پاٗٹھن نیر ژل
وقتہٕ وُمبراتن چھُستھ وبہہ کھیوومُت

پژانہِ تھرِ کتہِ نیرِ نوِ سبزی مٔدی
ہرٕدِ بُجرن پرٕتھ ؤتھر زردومُت

☆☆☆

# غزل

لۄگمُت دِل سمسارس منز

أنہٕ پھٔسِتھ گنہٕ آرس منز

رنگہٕ کٔڈلس نِشہٕ زۄنہٕ پچھس

چأندی وِران رٔہی آرس منز

کارٕکِچ در زون تہٕ تس

رژھ نہٕ فرق انہارس منز

تھٔنی کومل پٕرٔنی لفظ تھُرِتھ

ؤنی دِنی مختس شارس منز

نیٚبرٕ تٕرٔنی تٕرٔنی شینہٕ ژھٹھ

أندرٕ دزان تٕلہٕ نارس منز

پۆرٕ بجر تمی سُند تھبکہٕ ہا

ہاے کجر اظہارس منز

سکھ ڈٔج چشمن حال وُچھِتھ

یکھ لۄگ سوچنس ہارس منز

رۄشِتھ برکت گُل گامس

ٹھہرتھ شامت شہرس منز



☆☆☆

# غزل

گرٕ شنہٕ باپتھ چھُ یور یُن بابا
زووِنہٕ خاطرٕ چھُ زُو تہٕ دیُن بابا

یا تہٕ نیرکھ ژٕ کہوچن پیٹھ پوٗز!
پانہٕ سونہٕ پان چھےٚ پیُن بابا

دارِ تل چھےٚ سُلے پچھان بُلبُل!
از چھُ یُن تس ضرور، یُن بابا

بٔندشن ہندی قلاے ؤسی پیٚمن دَپھ
زُو پیُن چھےٚ بلایہِ دیُن بابا

اوٚبرٕ تھوٚمی ہن تہٕ نیٚول نب ساگر
ژھانٹہِ درامُت لُچھن پچھن بابا

نارٕ چھلِ مےٚ نظرِ گیہِ وشفن
نظرِ پھاہ لوٚب وُشن وُشن بابا

☆☆☆

# غزل

زوٗنہِ کاۂنلی مدتۂ راتھ

گٹۂ وُنل بے حد تۂ راتھ

راتۂ موۂغلنز چکھ وبکھرٔ

تونتۂ وٗہرِتھ گربد تۂ راتھ

نبۂ دندبن رتۂ لاگ گنٔز

خونۂ ئسرٔ سرِحد تۂ راتھ

بَے وُنیُندُر کمہِ گُنج

شوٗٹھ تاون زد تۂ راتھ

دھیان دِتھ نِروانۂ روٗس

بے حسر برگد تۂ راتھ

دوٚہی دوٚہس ژلہِ لار دگ

شامہِ پئتٔ وَدِ وَد تۂ راتھ

ژونگ مدھم تھرِ اندر

زیوٗٹھ ژھاین قد تۂ راتھ

نیوٗل ژینتاین اَلاو

تندلہِ تھٔدی مرقد تۂ راتھ

☆☆☆

# غزل

رأوِمژ پڑِنتھ ژھأرِو یارو
ناو پٹُن رَتھِ کھأرِو یارو!

تیٚلہِ یُس ہی ہُند دردِل مالیُن
باسان للہِ ہُند وأرِو یارو!

دَچھِ گنڈیٚ تو دیو جل جل واتمہٕ
أشرِ موختس پَن تأرِو یارو

شوہرتھ پڑأیو جنّت ژھأرِو
زُوٕ ارضتھ گوڈٕ ہأرِو یارو

باوَتھ رَے گرُنٹھ دیٚت تالس
حالس شہہ لوٚت ترأیو یارو

رژھِ رژھِ گٔریتو جامہٕ تلاشی
سونچہِ أندری کیاہ ژھأرِو یارو

پژون سکون کوٚت تامتھ لوٚگمُت
پأری لگہٕ ہو ژھأرِو یارو!

پربتھ چیزاہ چھُہٕ وأفر حأضر
پینہٕ سا فرصتھ ژھأرِو یارو!

☆☆☆

# غزل

ہرِد پھولہِ نا چھِس دِواں اَمہِ رایہِ وۄن
گلشنس سُلہِ شبنمن تھرِ ژھایہِ وۄن

گژاو کرِ ہا باوٕ کس گُدرُن پٔنن
ساتھ میونُے گاشہٕ ہے چھُے ژھایہِ وۄن

روگہِ آکھ روز ساتھاہ چھنڈی کرے
رَژھ نہٕ فرصتھ خوشیہ رٕژِ پٔژھی بایہِ وۄن

تھوِ ژٕہتھ مےٚ، توہہِ مگر پھولہِ راوِ زٕژٕ
پوشہٕ ٹورہن اَستہٕ شبنٔمی ژھایہِ وۄن

بُتھ چھٔلِتھ نیرُن کھوکھُر أکھِتھ اُسُن
حال أندرِم جستہٕ أشؠ دَدرایہِ وۄن

بالہِ جویہِ شرۄنی وِگنہِ ونہٕ وُن گُکلہِ کوٚ
زۄنہِ ہُند در زۄنہِ وَژُناہ آیہِ وۄن

کونگہٕ پھُلے وُزمل چھٔلِتھ زُنہٕ پژو مُژھیٔل
سونزلہِ ہُند آکار ژٕمی ہنزِ ژھایہِ وۄن

پرأری تومَتہٕ کانٛہہ پکِو برونٛٹھ پکِو

مأری تن یِی آسہِ پۆز تی بایہِ وۆن

بونہِ شِہلِس یارِ ہوٚہس وٕڑھ پھسَر

اسہِ نصیبس دٕیُن چھُ بس تہِ کرٛایہِ وۆن

اکھأ ءکس پیٹھ یِڑھ ءتہٕ پڑھ وِشواس بٔگی

رام تامتھ خام پۆز سپنٛایہِ وۆن

☆☆☆

# غزل

لوکچارس ہنگاماہ گۄژھ     بُجرس منز آراماہ گۄژھ

اۆبرٕ وٕلِتھ نب موے مستی     پھولہٕ ہاپھولہٕ وُن شاماہ گۄژھ

گرٕ آسُن کونگہٕ نافہٕ لِوتھ     لَرِ پتہٕ گُل انداماہ گۄژھ

پاں پاژٕ مَس مائٔی گبوٗن     داں ڈُل سون ہبتھ گاماہ گۄژھ

پرون شرابا لاو نظر     نَوِ نَوہا اۆڈ داماہ گۄژھ

گُل ہےٚ شبنم سربہہ گزلن     دِلہٕ ہےٚ دِل آراماہ گۄژھ

پتہٕ گو روشُن تراوِنی کتھ     گوڈٕ کھائُن الزاماہ گۄژھ

وُژھہٕ انگہٕ ناوبم پامہٕ تُرسبن     تیُتھ کینژھاہ مہلاماہ گۄژھ

دژمنہٕ پتھر توہہِ شیشو لب     شفقہٕ بِسرٕ ہُل توٚن باماہ گۄژھ

زیٹھ انہٕ ہے سوکھ پٔریٚن     یُن تیُتھ شاہ بہراماہ گۄژھ

☆☆☆

# غزل

سُلہِ چھُس وۄتھمُت شونٛگہا تامتھ

سَخ چھُس تھۄکمُت شونٛگہا تامتھ

باگہِ وُنیُنٛدُر آمُت شوٗٹھس

حبہٕ چھُس ڈۄلمُت شونٛگہا تامتھ

خاںٛبِ مےٚ پیِیہِ ہمبم سرہہ ہیوٗ پھرہمبم

أندری دۄدمُت شونٛگہٕ ہا تامتھ

پَے چھُم وانٛہم پٔہراہ ٹھٕہرِتھ

پڑھِ چھُم مۄنگمُت شونٛگہٕ ہا تامتھ

پیالہِ اَشِکی موے چیٚے چیٚے راتس

نشہٕ ہیوٗ کھۄتمُت شونٛگہٕ ہا تامتھ

نہٕ ءٕ رِنٛدر بڑٕ نعمت یارو

اَز دَے پۄژمُت شونٛگہٕ ہا تامتھ

اۄش چھُم ہۄکھمُت دٕرِ ہِکی لگی ٕمتی

سَخ چھُم وۄدمُت شونٛگہا تامتھ

راتس گٔنزرِم تارکھ صُبن

گرٛنز پھیُر گومٕت شونگہٕ ہا تامتھ

غم دوکھ ٹہٕنشن یارو مودُس

ہہہہ چھُم ووتھمُت شونگہٕ ہا تامتھ

پنہٕ نیٚمن ہنز بد خاہی ڈیشتھ

دل چھُم پھٹمُت شونگہٕ ہا تامتھ

ہُتہٕ پیتہٕ میٚتہٕ گوژھ آسُن سورُے

توس مےٚ ووتھمُت شونگہٕ ہا تامتھ

☆☆☆

# غزل

ژونگاہ أندی پکِو زاألِتھ تھَو سہ!
گوٚٹ انہِ گوٚٹ ہُمہٕ راأوِتھ تھَو سہ!

خاب مٔدٕری، رتہٕ رٔ چھمٕتی ہاوس!
یَتھ ۂتلِس دفناأوِتھ تھَو سہ!

گرٕ چون راتس تراوی پٔدی ما؟
نبہٕ پیٹھ تارکھ واألِتھ تھَو سہ!

لبہٕ ہن لبہٕ ہن واللہ لبہٕ ہن
پان پنٕن گوڈٕ راأوِتھ تھَو سہ!

بازر نیرُن مجبوری چھے!
گرٕ کنٕن سورُے باأوِتھ تھَو سہ!

واأنس مزس منز گٔذرِو یارو
یتہٕ ہُتہٕ گوٚژھ، منساأوِتھ تھَو سہ!

باغن پوشِلی زوٗل کرکھ نا!
ناگن منز روپھ کاأرِتھ تھَو سہٕ!

تاأبیرن ہێنٛز لاد ضروری !
خاب اوِچھِ پٔنجراأوِتھ تھَو سہٕ!

ناٗفلی مَس ہوٗراأوِتھ عنبر!
واوس منز وہراأوِتھ تھَوسہٕ!

☆☆☆

# غزل

ٹاربو سوٗتھی ژٲٹی ؤدی ؤدی أشہِ سأ‌لابس منز

ناو دِلچ ہبنہٕ آمژ چھم، گرد ابس منز

أچھ نٕے پانٕے نظرو نظرو میٹھی کرٕ کھ

کوٗت تقدس چانٕہن بُمہٕ محرابن منز

زُنہٕ پرٕبو روے چھے آسم وُچھی وُچھی أچھ شہلن

لوٗسکھ، ژٕجہم پتہٕ ما وِچھمکھ خابس منز

روزِ قیامت، یِیتہٕ از پانٕو پانٕو بس

پرٕبتھ کانٕہہ پھوٗٹمت پننِس عأرق آبس منز

پرٕھ تہٕ شردھا بیٚیہٕ ارپن لوٗلکی جعٕفری کٲری

رٕچھی رٕچھی بُت چھُم تھووُمت منٕہ رِکس کعبس منز

سوٗنزل پأرِتھ وُزملہٕ پھُجمژ پوٗشلی رہہ

یُتھ شاہ پارا پتہٕ تہٕ وُچھن گوٗژھ خابس منز

سنگدل دنیا لگہٕ موٗت أنتہٕ تہٕ خام طماہ

گاڑن ژھارن، آسن ما أشہِ آبس منز

پھٕشہِ غش کرِ ہے لوٗکن پکہِ ہے پانٕس برونہہ

دنیا سأزی ہُند کانٕہہ ہُنراہ چھا بیتابس منز

☆☆☆

# غزل

مےٚ سُوزِس ناد دَپھ پۆز ؤلی ؤلی دراو کیا ونہٕ ہس
ونیومَس روز وۆنم وَن سہ ٹھہریا واو، کیا ونہٕ ہس

ژےٚ رۆس حبس چھِم وَٲنسی از ہوش رووُمت شاف ہیۆلۆ گمُت
دۆپنم اَستہٕ اَستے لولہٕ دگ وُزناو، کیا ونہٕ ہس

مےٚ چھَم ؤہراتھ لُجمُت رٲتی رٲتس یُپ چھُ ٹارٕ بن پیٹھ
دۆپُن سُلہِ شبنمکی پٲٹھِن ژٕ اۆش ووتھراو، کیا ونہٕ ہس

بہٕ کرٕ ہا سٲل ڈل وِجہِ واوسرٕ ہا از وۆلر وُچھٕ ہا!
کۆرُن اَسنا ظہری چھے ستی کاغذٕی ناو، کیا ونہٕ ہس

مےٚ پانس تام ما رۆدُم مجسم زُونہٕ پڑبو ڈیۆنٹھُم!
دۆپُن جذبات وُنہِ چھی سرۆ گی ژٕ کھالکھ بھاو، کیا ونہٕ ہس

جُرِتھ تارکھ چھِ سُم نأپن ڈٕبکس پپٹھ زوٗن لَر ترأوِتھ
شبن شامن مےٚ کوٚرمُت لول چھُم ورتاو، کیا ونہٕ ہس

سکوٗن رووُمت گوُمت چھُم کیمیا راٲژ خوشی غأبٕے
کربھا دِژ دوٗرِ دیوانن دَلیس پُشراو، کیا ونہٕ ہس

وٕتن زُو تام وتھرووُم مےٚ تن من آیہِ تن تھووُم!!
ژٕ چھُکھ ناسُے مےٚ ترأوِتھ ژوٚل مےٚ یوٚت یوٚت آو، کیا ونہٕ ہس

مےٚ وٕقتس جستہٕ خأہی گُر وندے زوٗ بس ژِ ہس ٹھہرُم
دِتُن کنہٕ ڈول گوٚونِرِتھ تہٕ زن ژوٚل واو کیا ونہٕ ہس

نظر رحٕم ہلم دأرِتھ چھُسَے آمُت کرُم مورفا
ووٚنُن دامن ژٕ ہوسَن ہُند رژھا پُجٕہ رأو کیا ونہٕ ہس

☆☆☆

# غزل

صبحس شامس چانہٕ چانہٕ ''پۆرٕ چھُ ڈۆلمُت'' وونیا سانہٕ؟

باقی اَسہِ کیُت ترووُکھ سورُے پانس ءستھِن سوکھ نیوٗ پرانہٕ

انہِ گٹہِ رأژن ہیوٚن دیُن جأری مندٕ بُن فالو دِتھ تھوو وانہٕ

انگ انگ پأرِتھ نوٚن رکھ شپرتھ نظرن آلو کوٚر مہارانہٕ!

پتہٕ یوٚ کہٕ پھولہٕ ہن ہاوس نوہَن ہیٚرِ یوٚ نہٕ لیوٗمُت ڈوٗمُت سانہٕ!

أستھ أسن بیٚنہٕ ہن وارہ کتھ لَر تراوٕنی ؟ وۄن لرِ کانہٕ

نارٕ چھلاہ روے زُلفہٕ چھٔجس تل نظرن ہُند پھاہ ہندریو ہانہٕ

مَدٕ موٚت یاوٕل پرٛزلِتھ کوٚت گو رژھ رژھِ یگلُن ہیوٚت شِنہٕ مانہٕ

از ما بایو آیہِ قیامت؟ پربتھ کانٛہہ یپتہِ از پانہٕ پانہٕ

رأو جوأنی لٔب حأرأنی جوش تہِ ہانہٕ شوق تہِ پرانہٕ

☆☆☆

# غزل

یمراز چھُ نکھ ہمسایہِ مےٚ وَن از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

ییٚتہِ پرٛتھ کانٛھہ ورٕوُنہِ ناوِ مےٚ ون از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

ہر طرفہٕ چھُ ہاہا کار دَزن گھرٕ بار تہٕ ییٚیہِ دیوار وٗستھ

کم سأوِنہِ ووٕرننہِ درایہِ مےٚ ون از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

پرٛتھ طرفہٕ چھ شورٕچ کٹھ گرٛ ھان سخ پھرٹھ ییٚیے مرگھٔ یہِ بتُل

ہرشایہِ چھُ موتُن سایہِ مےٚ ون از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

واہی پاسکھدر گیہِ عام چھُ باسان مندبن شام تہٕ سرٛکن دٕہہ پریڈن

کتھ جبرس منز ہینہٕ آیہِ مےٚ ون از بلیہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

ہرکاٗرِ گومُت انصاف تہٕ پٔتی گوٚ دسونتُک واپھ گھرٕ گیہِ صاف تہٕ پیوٚ وتاون

پھُٹی تارکھ، گل گیہِ ضایہِ مےٚ ون از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

ہرپلسہٕ چھُ جبرُک دور، گرٛ ھوودٕنی کور گنٛڈِتھ اتھٕ کھورزمین گیہِ تنگ

ہُتہِ ٹھاکھ کوٚ رُکھ أنہرایہِ مےٚ ون از بایہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

گُل مرگہِ چھُ پھوٚرمُت موت، گُلن زٕکھ ووت ملشاطس دروت گُلن

رتہٕ پرٛاژٕ چھِ دودٕ گنگلیہِ، مےٚ ون از بلیہِ بہٕ، کتھٕ کٔنی لکھٕ غزل

☆☆☆

# غزل

زندگی کأژاہ بےٚ معنے ژےٚ روٚس
روومُت منسووٕمُت یانے ژےٚ روٚس

کٔمی وُچھِتھ، لوتہٕ دأرمُژرِتھ، ژوٚر اوس
یتھ ووپر شہرس مےٚ گُس زانے ژےٚ روٚس

مُژ پھُلَے خوشبویہٕ بوٚکھ نأفلی ہوا
سونتہٕ کالس سرہہ گوٚمُت بانے ژےٚ روٚس

چانہٕ ناوِکی زِپھ کران دپھ آکھ ما!
مُژمَتیمُژ چھبس بہٕ گوسانے ژےٚ روٚس

خانہٕ میون جنّت اُسُن ووسہٕ دروسہٕ لسُن!
از گوٚمُت ڈوٚمہٕ ڈاس ہیوٗ سانے ژےٚ روٚس

خم مےٚ اوسُم یور یِکھ پتہٕ آکھ ما!
غم تہٕ دوکھ لیکھِتھ مےٚ چھم لانے ژےٚ روٚس

مأری مُندی ہاوس چھِ ژےٚ ڈیشِتھ زُوَن
شوق ہاوس لول مانہہ پرانے ژےٚ روٚس

کتھ مےٚ کرتم ستھ مےٚ گژھِ ہم وتھ تیم
دتھ گٔمُژ وأنجہٕ چھنا میانیے ژےٚ روٚس

☆☆☆

# غزل

ژھاپنھ زَن چشمن تہٕ مانٛہہ پٔژزنأو وَتھ
ژأنگی خۄنٛکی زأل عٔمٕی گاہناو وَتھ

نافہٕ گُل ژنٛدُن عٔطر ؤسی ؤسی پوٚان
گُس سَنا پۆک، کٔمی سَنا مُشکأو وَتھ

ماے لأگِتھ ہُنٛز کرٕہنٛز سٔرفنٛز شۆنکِتھ
اوترے ظون پیۆو تہٕ از بدلأو وَتھ

رَتھ یمن وۆند اَدٕ تمو رتہٕ دأوی گٔری
پرٛوو تیٚمی مٔنزِل تہٕ تٔمی نہٕنأو وَتھ

لۆسی یٔکی یٔکی وُنہِ مگر گُن وأتی ما!
سفرٕ باجو! اَسہِ وتے ما رأو وَتھ

روڈٕ پھٔلی اَہریزٕ اوٕ فرشایہِ اُچھ
خونہٕ پٔدِوٕے تاوٕ ۂش شہلأو وَتھ

ہوش حبس، رسہٕ تراوی پٔدی اَدٕ برونٹھ پۆک
پوشہٕ ورشُن چھوٕ نہٕ چھوٕ تُہٕ تأو وَتھ

شوقہٕ رۆس مقصد نہٕ کانٛہہ مٔنزل نہٕ ویۆد
اورٕ یورے ٔلی ٔپکِتھ تھکہٕ رأو وَتھ



☆☆☆

# غزل

مےٚ لولچ ناو وِرِ نأوِم خبر کر
طوفانس پان پُشرووُم خبر کر
اَچھ تسبیح پھِران روٗ دُس بہِ رأژن
تہِ سیکِٕ لبن موختہِ چھُکرووُم خبر کر
مشکُک لشہِ نار کشہِ زوُلُم تماہ دِہ
تہِ پڑھِ ہُند ژونگ ژھیٚورووُم خبر کر
چھُ تأپرن گوٚمُت آنگُن سبٹھاہ ژھوٚٹ
مےٚ خابن نال پٔجرووُم خبر کر
وَنن مہرِنی ونِچ مس کأسی گرِہس
خبر کر وِگنہِ ونہِ نووُم خبر کر
شخص یُس گاش کرِ ہے برونٹھ پکہِ ہے
زمانن ووٚن پتھر ترووُم خبر کر

☆☆☆

# غزل

زیُٹھ واف گوٚمُت پٔتۍ تہٕ ہوا نار باسان از
کلہٕ تام گردَنہِ پېٹھ چھُ وبکھُت بار باسان از

نِستر زٕژن ہٕندۍ تیز، گُلن سینہٕ کوٚرِتھ گۓ
چھوکہٕ دأوۍ خوشبوٗ ؠکِژ ورفتار باسان از

زیٚوِ گنڈٕ تہٕ أچھ رتہٕ ژأنگۍ بُتھن پیٚہِ دِتھ وحشت
پرٕبتھ کانٛہہ منوشاہ کوٚت پُر اسرار باسان از

ژھرٕ ٹہٕ ژھرٹ چھِ سبٕٹھاہ زیادٕ تہٕ تُلہٕ تراوہنا تیز
گُس تام وَچھس منز چھُ گرفتار باسان از

ہے اَتھٕ چھِ مُران پنہٕ وٕتھر،مىوٕ لاشہِ اویزان
پرٕبتھ ٲنٛد چھِ نٕو تلوار نتہٕ سیوٗد دار باسان از

بے چارٕ تم یم چارٕ کرہن، تار دِیہِ ہن، پھٔڑ!
یم دود کاسہٕ ہن تم مسیح بیمار باسان از

ڈ بکہٕ ستی گِہتھ کالہٕ لیس سٔنز روو تے ہمروو!
یوٚجوٗجہٕ سَرِ ژوبوٗتھ سہ دیوار باسان از

چھم تاف چھاوِتھ ژٕرِ کھسان سِری یہٕ ترٕن یخ
زُنہٕ پڑو چھُ وُشن تیوٗت نار و نار باسان از

واہ مُتی گرِتھ مانہٕ آو ژَندٕنی تنہٕ تہٕ توَے ما
چھُم واو صبحُک شوخ مشک بار باسان از

☆☆☆

# غزل

بونہِ شِہلِس ہتہٕ ناگہٕ رادس پیٚٹھ
نیرِ ہم شَر روزتم ژٕ وعدس پیٚٹھ

پوشہِ دار رنگا برنگی پوٚنپرٕ
سونتہٕ مُتیٚ اُگیٕتیٚ چھِ کادس پیٚٹھ

زان پَننیٚار وات پانَے زانہٕ
کیازِ تھووُتھ ہمیشہِ نادس پیٚٹھ

ووٚنی چھُ لوٗکن مزاج بدلیومُت
پربتھ علاجاہ چھُ زیٛوِ زمادس پیٚٹھ

پادشاہ ہم! ووزُم یہِ شاہی چھَے
زیادٕ تھاۄیو مہٕ روبہٕ دابس پیٚٹھ

☆☆☆

# غزل

پوشِلی پٔدی ژٕمی ترأوی مِتی رسہٕ رسہٕ باغس منز
سبزارن تھأوی تارکھ زمردی تھالس منز

موسیقارو چانے منہٕ چی ربہہ چھِ بڑ بہا
نتہٕ چھا زلہٕ وِنی ربہہ کانٛہہ دیپک راگس منز

بوز حقیقتھ کرِٹھ، وبکھرٕ، ٹیٹھ، بُتھی پھر، ہُنی!
چشمہٕ وٕٹتھ پرٕبتھ شہنشاہ روزان خابس منز

مٔنزِل بےٚ پٔے سونٛچ تہٕ مُبہم سورمہٕ ہٕٹس
وائے یہٕ کأشُر لوٚگمُت از گردابس منز

شیرتھ سونزل ہٕٹھرتھ خوشبو پأرِتھ ربہہ
ڈیوٚکھُم ئنی رِتھ ون تہٕ وُچھیاہ کانٛہہ خابس منز

رٕہہ یا سرٕبہہ نتہٕ وٕہہ یا تہہ تی ونہٕ کوتاہ
کھٔنڈ کھٔنڈ لچھ افسانہٕ چھِ أکِ زٕہے یادس منز

أچھ ٹورٕبن منز کوثر وانٛچ پأکی سُٔنز!
سنگِ اسود نوٚن لکھچُن بُمہٕ محرابس منز!

واراہ کأنٛلی بے وُچھمکھ کأژاہ وۄشلییکھ !
لوو گولاباہ پھوٚل زن شینہٕ لِس ماگس منز

زُنہٕ بُتھی ڈٕہیشتھ ژھٹہٕ ماران چھُسبن ژٕری یا دِل
عشقٕنز تہہ کیاہ وُنہِ باسان بیتابس منز

☆☆☆

# غزل

وشفن یامتھ لوٕ ہٕش کتھ گئے
چشمن شہلتھ وأنجہِ ستھ گئے

سۄمی تو، یی تَو، بہی تو چھێیہِ تو
وۆنہم یارو سوے فرختھ گئے

دوہ ساس ترٕہہٕ مرٕ توشان رۄدُس
راوَل پینٛجہِ ہٕنز یلہِ مانٛہہ وتھ گئے

واوٕ رنگاہ ہٮ۪تھ آیم خوشبو
اَشہِ ٕکرٕشناٗوِتھ یادا ہٮ۪تھ گئے

جانہٕ مرگ گُلمرگن گل گئے
رأسی وولُر ہُتہِ رتہٕ سٕری وبتھ گئے

وبہہ، ویٚش، شینکیاہ پتھ کُن تراٗوِتھ
دیوٕتا پانس امربتھ چبتھ گئے

☆☆☆

# غزل

چھِ زۄن پرٛیِیہٕ وِنی ستارِ پھٕلیا تہٕ گژھ کٔرِتھ نب

مےٚ حۄرِ یِکھ ناژ ژۄرِ ژۄرے تہٕ تاوِ لد مۄرِ نیرِ ہن گب

چھٔلِتھ مےٚ روے تھوٚونوٚن بہٕ باسن أندری دوٕدٕری زَر

گوہان لرِ پَش، چھُ کٔن بوڈیومُت تہٕ آوٕ سِتھ لب

ڈٲلیہٕ گوٚر، چایہِ گربکھ، وٕشُن کُٹھ تہٕ پٕندرٕ ءگس ءگس!

نٟپرِی پھٕنبے پھنب رزٕو وسان تھوٚسی مناوٕ شیٖنہٕ شب

تگن گربن خم، سجأو مجلس تہٕ ہیٔژ خوشی مٔلی پننہٕ باپتھ

خبر چھکھا یِی چھُ دنیاوُ چھان وُچھأنی سبن گرٕ ھان رب

سلامہٕ گرہٕ کیاہ، خبر اَتِر ڈٔر، چھِ لول ہاوان تہٕ پان وتھران

ژٕ پانہٕ حأران زیادٕ مو گژھ ضرور اتھ منز یٖمن چھُ مطلب

چھِ دۄر گامس سو زۄنٕ لٕجمژ کڈُ ر چھُ وأریو تہٕ بأژ بدخواہ

بچأر أندری ژٕ ندٕر چھِ گجمژ نہ مألی سُند ڈوٚکھ نہ ماجہِ ہنز ببب

نہ سونچہِ ہشراہ کتھاہ نہ باتھا پوٚان گُنہِ چھٕم زون تمن نِش

بمار بےبس چھُ بچنہٕ باپتھ أچھن دِوان تھوٚپ کھوٚان ٹیٹھ ہب

گوگج سو شب دیگہِ پاکہِ کڈٕمژ وُشُن بتاہ زگ تہٕ کورمُت گبو

مےٚ زیٹھِ ہن وُمبرِ ہندی موٕللی دوہ مے میٹھٕن تاوٕ ہتی کرٕلی لب

☆☆☆

# غزل

پاٛر دی مزاژ چھے تہٕ قرارٕچ کتھے مہٕ کر
نذرانہٕ کٔر نظر تہٕ نظارٕچ کتھے مہٕ کر

دارس پچھُ یِوان رنگ یوٚ دنارس چھِ پھولان گل
اتھ نارٕ ندِ منز یارٕ کانٛہہ تارٕچ کتھے مہٕ کر

منسوومُت خلوص تہٕ یڑھ پڑھ چھِ رأوٕمژ
مارٕچ ذکر کٔرِو تہٕ اَمارٕچ کتھے مہٕ کر

گٹہٕ کار ہُتہِ پُر جوش سمندر تہٕ ڈٕبتھ ناو
از گاشہِ منارٕچ تہٕ کنارٕچ کتھے مہٕ کر

سونچس وُزِنٛی بخشہِ یوٚد دُبرایہِ نٕے آہنگ
رنگ بَرنہٕ امارن تہٕ تیٛلہِ شارٕچ کتھے مہٕ کر

ہِٹہٕ وار مُشتھ تارکن ہُتہِ زُونہِ ژٕندرٕ گو
ہَجہِ سُمہٕ چھِ جُرتھ چوٗنہِ گنگہٕ آرٕچ کتھے مہٕ کر

رٕنٛی آرٕ منٛس یُپ تہٕ تاہکی چھِ ییران بٹھٕی
ڈٕیشتھ چھُ یِوان آوٕلُن تارٕچ کتھے مہٕ کر

انہار چھٔلتھ قوس قزح زوٗنہِ پھٔلتھ روے
دل میون کیا اَمہِ شہرٕ وُجارٕچ کتھے مہٕ کر

# غزل

میٹھی وَیہِ وِنی خوش نصیبن کھانۍ وُتھی
اَسہِ عذابۍ یأتی بس اَسمانۍ وُتھی

نال سأئلم وُنہِ چھُ توہہِ دامن رٔچھِتھ
حبس کٔرِو ہے عأقلو دیوانۍ وُتھی

اکھ رَژھا گوٗبِ ٹأری تُل کُنہِ آنۍ تھوٗد
جانۍ! گرٛھہن تأری دِتھ موے خانۍ وُتھی

کپسہِ پوٗشس پیٹھ چھُ سوٗنبُل چھٔج کٔرِتھ
شانۍ نۍ پیٹھ ترأوی تٔمی پیچانۍ وُتھی

کیاہ کرو، سنگلاخ اَسہِ رِکژ گیہِ بُتھُل
یوٗت حأصل کتہِ دوٗ پکھ اَسمانۍ وُتھی

یارِ بَل رِکس وو شلنس پھولہِ ربہہ شٔہج
یَژھ تہٕ یَژھ تِم ژُھ گنڈِتھ اَستانۍ وُتھی

وُٹھ ییَے رس دار دَچھ گُمہٕ نأوی کٲمی
تھأوی تمی مس بانہٕ میٚنۍ کتی ٹھانہٕ ؤتھی

ژۄر ژۄرے وۄن مگر دَپھ بوو پۆز
لۄکھ کتھ دیو مارنے نَنہِ وانہٕ ؤتھی

از ہوا دِہی بُزی تہٕ آبس راب گٔے
دُنیہس منز ووٕنی ظہری اَسہِ دانہٕ ؤتھی

از بیتابس لوو یاوُن یاد پیٚو
نِو چھوکن کیاہ کرأری وُچھ جانانہٕ ؤتھی

☆☆☆

# غزل

چھُوٕ خٔضر بننک تماہ دیو از بٔنو
ناو تُہٕ سیکہِ پیٹھ ہنا سۆن سۆن کھٔنِو

نیچہِ پیٹھ اِدِ دارِ لَوِ ہۆت چھۆت بکم
ہردِ بروٚنٛھے بس گولابو تُہٕ چھٔنِو

بٔیہِ شِشُر ژٕلہِ کُملہِ یخ زیٖو آفتاب
چھُوٕ اٚچھر والن لگِتھ شِنہٕ مٔہ دِنو

اوٚ یہِ گو میخانہٕ اٚسی گٔیہِ رِندٕ مُتٕ
توہہِ وَنُن کیاہ سیٖوٚد وٕنو بےٚ پھُرک وٕنو

رنگہٕ مندوربو پیٹھٕ سیٖوٚدُے یۆت اٚیہِ وا
میون گھرٕ تھکہٕ پیٔنڈ اٚژِو دامن دِنو

کھایہِ، چھمب، گٔنڈی، وُٹُل گٹہٕ، زٕہٹھ وَتھ
سائٔ پاٹھِن مان مَتہٕ گری تو، ژھنو

سنگ باری، پامہٕ، گیلُن، ترُسی، اُسُن
کیٚنہ نہٕ پروا گوڈٕ مگر پاگل بٔنو

☆☆☆

# غزل

دۄر أستھ مے نِش جُدا ماںٔہہ چھُکھ
بنٛدٕ پۆز چھس ژٕ ے خدا ماںٔہہ چھُکھ

یام وُچھِکھ دِپاں وُچھاں رۄدی
گۆو مے مُشکل مگر خطا ماںٔہہ چھُکھ

وہہ تہٕ کھیأوِکھ بچأری ہہہ کۆرکھ
لول ورتاوُنک سزا ماںٔہہ چھُکھ

مال پھُٹِمژ سُلے وُٹھن پوشن
صُبحٕ صُبحے گِنداں ہوا ماںٔہہ چھُکھ

خاب اَنِہری تہٕ آب چشمن ہُند
پتٕرمہِ پہرُک منگِتھ دُعا ماںٔہہ چھُکھ

ہٕسی ونک ہرُنہٕ ژٕنژٕلی شُر
ڈٕلِ جنک پُر فضا فضا ماںٔہہ چھُکھ

لۄکھ دِو پوشہٕ وُن بقا ژھارَن
موتہٕ کٔے بَے اکھ رژھا ماںٔہہ چھُکھ

لولہٕ نظراہ، اوسُن تہٕ کتھ گرنَے
پانہٕ! ژٕ ے از شہن شہا ماںٔہہ چھُکھ

☆☆☆

# غزل

باگہِ آءمتۍ صدم سِتم توبہ
زاگہِ موءتۍ قدم قدم توبہ

گراوِ سوزٕس تہٕ واو یُتھ ییہٕ ہے
وُچھتہٕ أزی کوٚت اوٚبرٕ دَم توبہ

رأتۍ راتس سوٚمبرۍ سرٕیہلۍ تارکھ
واوِ صُبحے دُنتھ ہَلم، توبہ

کوٚت آسان پکُن ژٕرے کُن لیکن
کوٚت مُشکل تلُن قدم توبہ

یور واتُن ضرور واتُن چھُس
دارِ پیٹھ لوٚگ مےٚ کارِ تھم توبہ

گاشہِ باشو تُلِو مےٚ آلو دِتھ
ساتہِ دمُمت پھٕ رأزتم توبہٕ

ژھایہِ ہر شایہِ رأوی آدٕمی مٕری
جلوٕ تمثیایہِ زأے بڑٕبم توبہٕ

آرٕ ول تھٔرتہٕ واوٕ ریٛنگ سۆت سۆت
ہاے سیٛنگُ یہِ زیرو بم توبہٕ

توبہٕ پأژن؟ نسأ نسأ توبہٕ
زۄن کھٕسی تھےٕ فٕرُ قسم توبہٕ

☆☆☆

# غزل

شۆز شیتِل رِہہ کمہِ شانہٕ چھٔلِتھ
مانٛہہ وُزِمَل وٲژھ اَسمانہٕ چھٔلِتھ

زُنہٕ بُتھِ ہیٚے نأپن شبنم پھیٚری
سونہٕ تھالس پیٹھ دُردانہٕ چھٔلِتھ

دُپہٕ ژَندُن نافہٕ تہٕ پوش عطر
اَمہِ آیہِ بیٚر شاہانہٕ چھٔلِتھ

موے عام تہٕ توہہِ کتی جام برِتھ
اَسہِ تال ہۆکھِتھ پیمانہٕ چھٔلِتھ

چھوٕ لۆنٹھ برِتھ ہۆتہِ نال ترووِتھ
دِنٛی دِنٛی چھُ تھومُت دامانہٕ چھٔلِتھ

وُنہِ اَدِرے لالہِ چھِ مانٛز اَتھن
مجنونس اومُے بانہٕ چھٔلِتھ

سوتہِ سوتہِ چھُ سوتاں دَپھ ہاوان ما
لوتہِ چھوکھ چھِ تھوان دیوانہٕ چھٔلِتھ

☆☆☆

# غزل

گٹہٕ زۆل، اَنہِ گۆٹ، واو طوٗفانا پتہٕ ژھوپہٕ دم
شورا مَژراہ پٹھ گرداناــــــ پتہٕ ژھوپہٕ دم

''نیر و نیرِو کھورٕ ننہٕ واَرِی وُنہِ چھوٕ سُل''
بُنلِہ ہبٹھاہ ہش توت فرمانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

گٹہٕ پچھ، بند کُٹھِ کُن زوٗن دَم سخ
نیٚبرٕ بَرس ٹھُک ٹھُک، اَن زانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

چشمن پھٹرٕ لاےٚ، ہُٹس زَن سرمہٕ لگِتھ
باکن ہٕنز گےٚ کُج کنوانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

حرفس حرفس تان کَڈِتھ بیوٗن اَچھرن ٹکھ
سٕطرن پھیش تہٕ گۆٹ عنوانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

خام سڑک سخ گردِ بوشنگ وَتہِ پکہٕ وُن گُن
پَل ہبتھ دوران موٗت دیوانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

وُزملہٕ نبہٕ گریٚنز ترٹہٕ طوفانا ورزُن واو
ڈونٹہٕ فرش خوٗنی اسمانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

ووسہٕ دروسہٕ کاچ موے مُستی لےٚ سحرُک رنگ
ژونگ ہوٚکھِتھ اَڈٕ دۆد پروانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

زوٗنہٕ بُتھن پرٕبتھ وقتہٕ لولُک غازٕ مَلِتھ
بَڈٕ نَہِ دٕگرٕ بیاژُم ودانا پتہٕ ژھوپہٕ دم

# غزل

پرٛینٛز چاندِ ورق دُردانہٕ اَچھر رُت طالع رٕتہِ عنوانہٕ لیکھِتھ
ڈیکہٕ چاأرِتھ نب چھکراأوِتھ شب اَسہِ کیٛت تہِ چھُ أشی بارانہٕ لیکھِتھ

مدماأتی فضا، سونہٕ ساأوی بُتَل خوش خوے چمن، اَسہٕ ناأوی نبن
اِستادِ وُنَل، ووٛش باکہٕ دٕیُن ہُتہِ تاوٕ قہر اَسمانہٕ لیکھِتھ

گنٛز پوشِلی کتھ سنٛز وَیہِ وٕنی سَتھ اَسہِ وٕنی فرحت، لسہٕ وٕنی برکتھ
مورفاہ ژٕے کرٕنی یوٛد چھی واراہ مستانہٕ مےٛ تھومو ے خانہٕ لیکھِتھ

دِتی بَنٛبرن گتھ گوٛو زوٗنہِ ژٕندر لیوٛکھ شبنٛمی لَبہِ آکار سرٛ ہیُل
لوٕ تام وُہتھ، بَرٕ یمبرزول، کیا خاک تھاوِ پروانہٕ لیکھِتھ

چھُس ماثہہ دھن تھر، ہا لولہٕ متیاہ پرٛتیتھ مےٛ آدٕنی لوٚچ رٕچھ
پنہٕ کأنسہِ وَنکھ سرمایہِ مےٛ نٕش خط چانے اتھٕ چھُے پانہٕ لیکھِتھ

ہیٛے دانا پانا مانا کتھ، پرسانا پوٚز ئلہِ ماندٕنی وَتھ
کھسکھ عأش گرٕتھ تھو پورٕ ژٕ پژھ پرٕتھ کأنسہِ پنٕنی کیٛنہ دانہٕ لیکھِتھ

تھپہٕ نیٛمژ مس ہٕندٕر دِیہِ تن بٛییہِ گرٛیتن واپس پرون سکوٗن
اَسہِ دولت شہرتھ چھُنہٕ حاجتھ پرٕتھ شایہِ تھاأیو پرٕتھ آنہٕ لیکھِتھ

ییٛلہِ بوٚڈ تدبیرا سونچان چھُس پوٚز بوٗزِو پوٚز چھُم باسان یی
اَڈٕ گُمرٕکھ ظہراہ پتھرٕس پیٛٹھ تھاوان چھُ کأنٛہ دیوانہٕ لیکھِتھ

# غزل

تتھ رأ ژ وَنہٕ کتھ راتھ مےٚ یوسہٕ راتھ ژےٚ روٚس گئے
ربتہٕ کاٹلی پھاہ ہوٚکھ سونتہٕ بُکھ ، وٕہراتھ ژےٚ روٚس گئے

بے جان پوٗتلِ ، سوٗنچ وَٹِسی أچھ لُگِتھ تالس
سورٕمٕلی تہٕ شُہج راتھ زَن ہفراتھ ژےٚ روٚس گئے

گٔنی سٕندِ جہِ پھُلے ، مأنہٕ گبوٗن ، زوٗن ، تارکھ نب
سبزارٕ وِتھرُن ضایہِ ووٕہی کوس راتھ ژےٚ روٚس گئے

ییٚلہِ ءستی أسکھ شاہ بہٕ اوٗسُس زَنتہٕ زمانک
زیٚنتھ بہٕ أسِتھ ہاے وَنہٕ کیا ، ماتھ ژےٚ روٚس گئے

انمول أوِلی ٹأٹھی بزٕنوی ژےٚ ءستی گزأرِتھ
مزدار مٕدری میٹھی ، کٔڈری ساتھ ژےٚ روٚس گئے

کھـَے کاسہِ ژھاین تام، کھُسِتھ زوٗن ژودأہم
ہِکٹہٕ کالہٕ اوٚبُر واے طمٕنۍ راتھ ژےٚ روٚس گےٚ

گس ونہٕ تہٕ بوٗزِتھ لولہٕ نظر تراوِ اُسن ہیوٗ
ٹٕبٹھٕ ونہٕ سِبرٕ ٹیٹھ مانچھ رل کتھ باتھ ژےٚ روٚس گےٚ

سوٚت شانت مَن ہُتہِ سونچہِ سکوٗن پوشہٕ تراوتھ
چھم چانٛۍ دِرٕے ووکھہِ سَخ حالاتھ ژےٚ روٚس گےٚ

ہاوس گِنداں دُبہٕ رایہ وولسن شوق کران طے
اَڈٕ پھُٹٕ تہٕ دم پھُٹٕ لأوی کُم جذباتھ ژےٚ روٚس گےٚ

☆☆☆

# غزل

عأقل زأنتھ رہبر لأ گتھ ڈاٹنز سیوٚ دوتھ چھا سأرٕژ کتھ؟

پانہٕ پکُن بروٚنہہ باپٕتے زأنتھ تراوٕنی پتھ پتھ چھاسأرٕژ کتھ؟

دود موصومن تھپِہ ہنتھ دوٕ بَب بَتہٕ میٔٹ لوکن

مُروتھ ترأوِتھ ژھارٕنی دولت! چھا سأ رٕژ کتھ؟

شمع شولن، کلہٕ ہِلہٕ ناون، خوش محفلِ منز

زالن سوٗر گرِتھ چھس تراون کرِیُس نُنہٕ گتھ، چھاسأ رٕژ کتھ؟

کُنڈی وہرأوِتھ پھوکھ دیُن گاشس، غضبُک انہٕ گوٚٹ

ننہٕ وأری تُہی نیٖرِ و دوٗرِ و ژھأرِ و سأوتھ چھا سأ رٕژ کتھ؟

دِلہٕ دُبراین ہأنکل تھاوٕنی، سوٚنچس پھرٕٹہٕ پھرٕٹھ

ہاوُن کینژھاہ، تھاوُن ہأبتھ چھا سأ رٕژ کتھ؟

دورُن، لارُن، مارُن، تھارُن، شورُن، وورُن

ہارٕنی ہمتھ تراوٕنی فرصتھ مُشرٕنی فرتھ چھا سأ رٕژ کتھ؟

کھوٹہِ ہے پوٗنسن اَپزیک مایہِ گرِتھ چلہٕ راوٕنی

پاسہ سوٗنس پٮ۪ٹھ تراوٕنی واوَتھ چھا سأرٕژ کتھ؟

مٲے، مُروّتھ، لول، خلوٗصا، یا رٕژ ترأوِتھ
پامہٕ، پھوشُن، ژَکھ، گیلُن، نفرتھ چھا سأ رٕژ کتھ؟
کتھ گاگٕری، اتھ چھوٗنی، گرِ باسن ژھٔری خٲلی خٲلی!
خاپے گأمژ گُلھُم برکتھ، چھا سأ رٕژ کتھ؟
میون رِنیومُت موٗر زَن پرانا وار چھُ ژھیوٚنمُت
لولہٕ کہِ پنہٕ کرِ ہنس مرمَتھ تتھ دِیُتہس کتھ چھا سأ رٕژ کتھ؟
ظٲلمکی جبرٕکی أنِیایکی ییٚتہِ از عأدی سأری
گس ییٚتہِ ہمتھ کرِ ہا پُز کتھ! چھا سأ رٕژ کتھ؟
پنہٕ نُے سوٗنچن، پانس واتُن، پٕنٕنی بَس کتھ
زندٕ ییٚتہِ پرٕتھ اکھ پنٕنے باپتھ، چھا سأ رٕژ کتھ؟

☆☆☆

# غزل

سُے ساعتھ آسیم ساعتہ حُسن ہِتی مےٚ آسکھ
اَولَے ژُودائِہِم زوُن کھسِم ہِتی مےٚ آسکھ

روے نوٗرِ سورگہٕ چہٕ حوٗرٕ چھلن ہِتی مےٚ آسکھ
وَن ہارِ پتھ وَنہٕ ساز ٹُلن ہِتی مےٚ آسکھ

ماگُک کُڈر وَندٕ کال نوِ رَٹہِ گاچہِ بہارُک
بُبہٕ رایہِ وِری کنی پوش پھولن ہِتی مےٚ آسکھ

مخمور سپدِتھ مست سبٹھاہ مست سبٹھاہ مست
چبنہٕ روٗس بہٕ اَکھِتھ آسہٕ ڈَلن ہِتی مےٚ آسکھ

اکھ ہلکہٕ تبسُم تہٕ گلہِ شِشٹھنیار زمانُک
اکھ کتھ کرکھ غم ہم مےٚ ژَلن ہِتی مےٚ آسکھ

وُمبراتِنے ہُند لوٗب ژلِم شوٗب تہِم نا؟
پیٚیہ نوٗ جوانی دادی بلن ہِتی مےٚ آسکھ

پمپوش بدن نافہٕ ژھٹن آسہِ اَچھن تل!
ارمان نَون شوق پھولن ہِتی مےٚ آسکھ

مُشکل مُہم ہیٚن وارِیاہ سخ کراٹھی مراحل
رژھ پیوٗنت چکارِس نہ کھسن ہِتی مےٚ آسکھ

توٚ وسونتھ ہیتھ پیٚیہ مُشکِ ختن پوشہٕ بشارت
سرتارٕ سیکُلن پوش پھلن ہِتی مےٚ آسکھ

# غزل

روِیس نورٕ گچھ شِنہٕ گاہ زُنہٕ پَچھ
وُزٕملۍ جلواہ پھَلواہ لگہٕ لچھ
شنگرٕفۍ وُٹھ کیا رَسہٕ کھٔتۍٕ متۍ دَچھ
شبنٔمۍ نظراہ کونگ تامتھ کچھ
ہَم پوشُک چَم مولہٕ وان ہَم بچھ
مَس ہٕشرووٗن ستہِ مے گٹہٕ پچھ
وُچھ بُمہٕ ژٔندٕر چشمن منز رچھ
اَڈٕ پٔچۍ دأنن للہٕ ناوان وچھ
زوٗنہٕ زٕژَو تس روِیس گٔری گچھ
وَچھ تھوو ترٛوپرِتھ کرِ کیا لگہٕ لچھ

☆☆☆

# غزل

مَژہِ بل ہوٗوم ہتھ . کرِ باپتھ
روح کوٚر مجروح میٚژ مَرِ باپتھ
سمکھن وِز پتہٕ پیٚژاہ موخصر
گرِ گنزراوبم اَمہِ گرِ باپتھ
یێمہِ گرِ ییہِ ہم رَچھِ ہم اَسہٕ ہم
لچھ گرِ وٗندی وٗندی تمہِ گرِ باپتھ
روے چھس سِریک ہیوٗ مایکلو؟
دٕرِ زوٗن تھاٮٔیو بُتھِ ٹھُرِ باپتھ
ہنگہٕ منگہٕ واتھم وشفن . پڑھ چھم
گرِ چھُ سجاٚوِتھ اَمہِ گرِ باپتھ
سِندراہ لُجمژ نِندراہ گجمژ
زِندٕ ازکل بس تھرِ تھرِ باپتھ
عاٚمس نِش کیا اوٚش یا عاٚرق
سوٗمبراٮٔیو حض یِتہٕ گرِ باپتھ

رنگ نوِ پھیرِم انگ انگ شہلِم
ہنگہٕ کُٹھ تھوومُت رنگہٕ ژَرِ باپتھ
کھسلہٕ وٕتھرن پیٹھ رقصس شبنم
لولہِ چھس للہٕ وان تھرِ تھرِ باپتھ
یکجا مأرنی نتہٕ گیہٕ تراوِنی
نیاے مِٹاوِنی گرِ گرِ باپتھ
تُہنزٕ ے خصلتھ ہش از ہأوِم
گُل پُشرأیم گنڈی تھرِ باپتھ
ہاے سو رأوِم لسہٕ نُے ترووُم
زُو مَشہٕ رووُم سوکھہٕ لرِ باپتھ
زاءتی لیکن یَتھ دورس منز
تھامہٕر باہٕر چھانٕہرِ باپتھ
أشی سٔری عالم طوٗفان طوٗفان
منگہٕ منگ کٔری تو ہوکھہٕ درِ باپتھ

☆☆☆

# غزل

مۆر یێخُک کنیوٗ ضمیر لُکن
غرضہٕ خَد لاۂچ خمیر لُکن

پایہِ باپتھ چھِ پائیدان بَنن
ۂکژ غوربتھ پێمژ امیر لُکن

تھاو وتہِ پپٹھ اگر نہ روزی کتھ
باو ہرگز تہٕ ہرگز مہٕ سِیر لُکن

''سایہِ شُہلاہ چھُ سائبان سوکھل''
چاوٕ باوان چھ گلُو فقیر لُکن

ہۆر بَخُنچ تہٕ مانہِ ریٚنٛز وتچ!
ڈاۂن باسان چھ از کشیرِ لُکن

زٕنٛٹھی ژٕری چھِکھ تہٕ شُملہٕ بَڈی واراہ
دِل چھُ لیکن لوکُٹ أمیر لُکن

تاج دیُتھکھ تہٕ راج کرناوِکھ
از تِمے ونان فقیر لُکن

سونچہِ چھوٚنی دیدٕ ژٕری تہٕ کھٕری موکل
رایہِ گنٛزِ معتبر مُشیر لُکن

# غزل

باسان کوتاہ دَم کمرس منز
گاش تہٕ واتان کم کمرس منز

یچھ ہاپت دٕہو نیرن پھیرن
تھأوِکھ بند آدم کمرس منز

غم دوکھ فِکرٕ تہٕ دأدی مُصیبتھ
میےٚ ٲسٕتھ دِتھ تم کمرس منز

أتی أسِتھ طرفاتن چھکرِتھ
پانو پٔہراہ سَم کمرس منز

نافہٕ، عٕطر، دُپہٕ ژٕندٕنی خوشبوٗ
یادٕ رٔچھِتھ وُنہٕ چھم کمرس منز

گُن کیول، ہُتہٕ چون تصوٗر
زَن پھوٚل نوٚو عالم کمرس منز

راتٕک ہٕنگرِ نزبن ہُند سرگم
وُنہِ کھنکان چھَم چھَم کمرس منز

اَسہِ وُنہِ ہونجہِ گُرِو سہَ اَسناہ
وُنی وُزِ شۆد زم زم کمرس منز

ژھۆر چھۆن لیکنِ غنیٓ ظہری اَتی
باسان دَم خم چِم کمرس منز

قلمس کتھ ترٛوش مِل ہۆچھ لیکن
کاکٕد گومُت نم کمرس منز

☆☆☆

# غزل

لاراں گاراں پیاراں ووٗتم

پانے پانس ژھاراں ووٗتم

وَچھ ترۏپ ٹورٕن خوشبو زٕتھ پٲتی

واوا ڈلہِ ہے. پراراں ووٗتم

اَپزٕ ے مَپزٕ ے وٕنی وٕنی زیوٗنتھ

پۏز پۏز باواں ہاراں ووٗتم

یَنہٕ پیٹھٕ طمہن ہنز گۓ کثرت

تنہٕ پیٹھٕ فرحت ژھاراں ووٗتم

زوٗنہِ بُتھن کُن مُدیا گنڈی گنڈی

زٕژِ منز شبنم تاراں ووٗتم

پوچھر لۏب اٲمی اَڈٕ ژٲٹی زیادَ ے

یَنہٕ پیٹھٕ نفسن ماراں ووٗتم

اٲشی امرت تھوو ٹارٕ ہو رٕچھی رٕچھی

غاٗرن یارن چاوان ووٗتم

☆☆☆

# غزل

کۄ سایہِ موکھ أسؠ یؠُت لوٗکٕٹ سائبان مَنگو
منگہٕ نُے اگر اختابہٕ ہیۆر تیٚلہِ آسماں منگو

کٔمؠ تام وۄن کرُل سُہ کرُن تراوِ از أچھَن
وٕنؠ چارٕ کیٛاہ چھُ کالہِ اوٚبرس سائبان منگو

یسہٕ روٗز پھُلے چھاوٕنے سوٕنچ سوکتہِ اَنو
یوٗسہٕ روٗز باوٕنے دوہے سوے داستاں منگو

دِل لَبہِ سکوٗن ضمیر پھولہِ پَژھِ سان اتھٕ ووتھن
ڈیکہٕ پیٚیہِ نہٕ بیٚتہِ گوٗہُن سُہ مُشہیٚل آستان منگو

لَلہٕ واکھ نورٕ شروٗکی تہٕ مٔدٕری زوٗنہِ ہندی وَژن
پچھان أسؠ پٔنٕنؠ لَبو ! کأشُر زبان منگو

مٔنزِل ہوا سیٛدٕ تہٕ پٔدی آکھ تام گٔژھ!!
یَم گئے غُبارٕ بُزی ذرا تَم کارواں منگو

کوتاہ چھُ توہہِ وُنِ وٕنو اَسہِ بس تہُند تھکُن!
کیٛاہ کیٛاہ چھُ توہہِ منگُن منگِو أسؠ جانِ جاں منگو!

☆☆☆

# غزل

گنان تمۍ ہِنز ہۍدر ہۍشِج کل
بران رَم لولہٕ شوقہٕ ہانگل
ژھٹان رنگ گُل ہوا چھُ نافل
سُہ سونتہٕ انمانہٕ واتہٕ جل جل
کنڈ ہن اندر کڈِ سُہ پوش ہوی دوہ
شرط چھُ أتھی ییٚن گُزارِنک وَل
مےٚ زوٗنہِ چارے یہِ نوٗرِ تارے
لگے اَشو از کرُم بہ گانگل
سوکھل گُزارُن چھُ ژیوٚہ تہِ مشکل
چھ لوٗکھ ہانزٕل زمانہٕ ڈانبل
ژٕ درزمنہٕ ژٕچ کلچ شٕہج تراوتھ
دُہان أندری چھُس وُڈٕر بہٕ تاوَل
بہٕ جانہٕ واراہ ییٚمِس ژھنِتھ پَر
ژٕ شوخ گِل مَس حسین ژٕنژٕل
ژےٚ پوٚشیاہ زانٕہہ زمانہٕ وَنتم
بہٕ یورٕ شوٚد بوٚد ژٕ اورٕ ہاکھل

☆☆☆

# غزل

سانِٹن حالن نخقس سَنہِ کُس
کُس بنہِ پانس بیقل، بنہِ کُس

واون دَم روٗٹ شبنم ٹاٹھو
وَچھ پھوٗٹ پوشن مُژربکھ تنہٕ کُس

شینکیاہ ٕگہہ ٕگہہ ٹبٹھ وبن ژہی ژہی
میٹھ مٕدر کتھ زیوِ پیٹھ اَنہِ کُس

پٔہراہ لٔہراہ ووتھِ ییٚہ گرشھِ کیا
وولرس لایان نخقے گنہِ کُس

ترأوِتھ گوہم ترأوِم سأری
وٕنی دِتی ساسن ژٕرے ہیوٗ بَنہِ کُس

نِرمل کومل شیتل ہاوس
أشی پھیری کینہہ شروٗپی ہلمس سَنہِ کُس

☆☆☆

# غزل

تن یوٚد رسہٕ کُملاوِ بُتل     کم کم نیائمٕژ کھیاوِ بُتَل

وَنہٕ وان أسِس وَن گاٗلِکھ     لاٗجِکھ توٚندرٕنہِ تاوِ بُتَل

ښِشرس منز کرِ شینس توٚنٛی     سوٚنتس گُل پھٲلراوِ بُتَل

گرٛیشمس منز کرِ بوٚنہِ شہُل     ہردَس پَن ربہہ ناوِ بُتَل

ژھاران وٕنی ران نٕوی تارکھ     أسہِ ما پنٕنی راوِ بُتل

لالہٕ پھٲلِتھ گنٕز ٕکنکہٕ دَجن!     اوٚند پوٚک کیا تہہ ناوِ بُتَل

مَسول ، سُنبُل یمبر زول     واوس تَن مُشکیاو بُتَل

کوران روٗدِس أندری وَچھ     چھوکھ لگٕمتی گَس ہاوِ بُتَل

وبشوِ بہٕ گرٛژھِ یوٚد اگرس نِش     تھَنہٕ تلہٕ کُے دود چاوِ بُتَل

پبمہٕ، ہَمہٕ، سوتہٕ تھکہٕ ییٚلہٕ أخر     لولہٕ مےٚ کوچھِ منز ساوِ بُتَل

☆☆☆

# غزل

یێتہِ از پرٕبتھ کانٛہہ نارو نار		رۆچھمُت ییٚہِ منز یارو نار

مروتھ، شفقت گیہِ ژہی بزی		لولس دیُت مُت دِیارو نار

''حسدٕ اَلاوس نِش لوٕ کیا''		زورٕ دِوان از بارَو نار

تبنگلہٕ تبنگل وَہرأوِتھ		کرِ ما آرو بارو نار

نارٕ چھلاہ گُل نار سپزٕ		جذبہٕ بڑہلی گیہِ نارو نار

ژٕ نُنی پھلُے گُلہٕ لالہٕ شفق		شِہُل تہِ آسن یارو نار

تنہٕ ناوَن دَرٕزوٗنہِ بدن		آبس دیُت ماہ پارو نار

یێتہِ از پرٕبتھ کانٛہہ ترٕنیومُت		ہلمو ہلمو سارَو نار

بے تابس کانٛہہ حد گری تو		دیُت مُت تھندہو شارو نار

☆☆☆

# غزل

لول تمٕ سُند چھُم سَرُن
نارٕ دریاوس ترُن
واتہِ ہیتھ نو زندٕگی
از مےٚ شاید چھُم مرُن
پوٚژتہٕ اوٚش أچھو ہانٛگنے
موٚژتہٕ نالس چھُم جرُن
چھف گرِتھ ہِگل درایہِ کوٚت
از أچھن جگرس پھرُن
توہہِ اجازتھ مارٕنس
اَسہِ چھُ ووہے وایا کرُن
"وعدٕ کوٚرمُت چھُتھ" ووٚنُن
"یاد چھُم چونُے مرُن"
تمٕ یہِ شیٚچھ سوٗزم "یہِ
کمٕ ژےٚ دوٚپنےٚ غمٕ برُن"
حفظ تمٕ سُند ناو کر
ؤظیفہٕ تمٕ سُند گوٚو پرُن

☆☆☆

# غزل

کٔمۍ ہِندِ باپتھ پرارِ ہوا — ژھاربس یُس لتس گارِ ہوا

زُلفس ژٕہندِس رسہٕ گِنڈی گِنڈی — خوشبو اَنہِ اٹہٕ بارِ ہوا

بٔنگلن منز چھُس اژنس بَے — کھُلہٕ ڈُلہٕ گِندِ منز پارِ ہوا

تأری چھِ چیٖر یوٚد برنٕمن دِتھ — ٹھُک ٹھک توتہٕ کرِ دارِ ہوا

تٔگۍ ین ہِستٕمن شونگ ترأوِتھ — تَس نِش کتہِ ییہِ وارِ ہوا

دٕہی پھرٛڈ لژھِ بُزی ہے گٔرنس — یور یٖنس وٕنی تھارِ ہوا

سمیس بروٚنہہ بروٚنہہ پکہِ یُس اکھ — پتہٕ پتہٕ یٖیتہٕ لتس لارِ ہوا

گوڈٕ ہکہٕ شبنم چھٔکراوَن — پتہٕ .اوٚش ہارن دارِ ہوا

اَسہٕ ناأوِن یہٕ پوشہِ چمن — اوٚبرس ڈبکہِ اَز چارِ ہوا

گُنہِ لتس آسن تَنہِ مُشرِتھ — لوٚت لوٚت خوشبو سارِ ہوا

شانت صٔدر تھٔوِ تار لَبو — وولری بٔتھہِ پیٹھ مارِ ہوا

☆☆☆

# غزل

دیاڕ خزانا ''شانِ خدا''

''کِتھِ گنزٕ''؟ تُہہ کم ؟ زانہِ خدا

یٖمہِ دورٕکی نمرُود چھِ أسی

بچہِ سُے اَسہِ یُس مانہِ خدا

یِی کرِ تی کرِ سورُے سُے

وِشکہِ رلاویا دانہِ خدا

نٔوی وَل نٔوی ژھل ژھارو تِتھی

أخر پانٔے پژانہِ خدا

گھرِ وأتِو ہیتھ ڈالہِ أنِو

از کل ٹھٕہرِتھ سانہِ خدا

دان تہِ دیُت قوربان تہِ کوٚر

پرٕبتھ کینٛہ سونٔے مانہِ خدا

چم گرِی گرِی کیاہ دراہش، واہ!

ماڕ گژھن گش زانہِ خدا

☆☆☆

# غزل

واتم گھرِ چھَم پۆر یہِ شے
واللہ از مانہہ ٹاٹھم دَے

دۆر گیم آواز تسنز
نیرِ وَزاں مانہہ سَنہٕ وِنی نَے

چٹہٕ مَر مُری دَند ناپن روپھ
چھِٹہٕ وردَن خشخاش پھُلَے

أشی آبن وِرناوۍ نہہ
خابن تامَتھ گوۆمُت رَے

بادم بیٚیہِ بوٹہٕ کھاٹی موٹھاہ
دۆ پنم "ساٗرے کھیٚیہ زِ لگے"

خلوَکھ پاٹھن سمکھَو کرٕ"
"دۆ پنم خوش گرٕھ واٗژ دِوَے"

"ووڈٕ نٔی أسِتھ رَسہٕ وُچھنس"
نوٗر دِتھ مولیس سخ ووشلیے

گامس شامس اَتہٕ گتھ سخ
لوتہٕ وۆنم صُبحے سمکھے

☆☆☆

# غزل

از کال پۆزُے پتھ .کال مَشیاہ
ژُکھ دار سُہ ماتامال مَشیاہ

گٲنٛز باگہِ چھِ آہمٕژ ماگٲنٛز ژھٹھ
اَدِ پتہٕ کیاہ موٚت رہتہٕ کال مَشیاہ

مُتٕزِ خاب مٕدٕری وُچھ یاد نہٕ کینٛہہ
وٲناکھ وبکھُت ٹیوٚٹھ فال مَشیاہ

گٲنٛز سٕندجہِ پھُلے سٕنٛز .کُکلہِ صدا
دَر زوٗن سنٛخی مَس بال مَشیاہ

گوٚب بار وُمبر رفتار وُٕلٹ
لوکچارِچ پاٚردی ژھال مَشیاہ

موٚٹھ یام بژنٕزِس گوٚو وٲنجہِ وَٹھ
روٚٹ ٹارِن بیٹھ پانٛژال مَشیاہ

یوسہٕ کتھ ژےٚ وُٹھن پیٹھ ٘یتھ لۄ ٚہے
سرتازٕ غزل یٔژ کال مَشیاہ

یئیلہِ ٘ستی پۄ ُکم، پھۄل گاش سُلے
کۄر سونتن استقبال مَشیاہ

دٕزٕ چشمہٕ تہٕ گاٗمژ غاٗبے نیہہ
وۄتھ خابن ہند کھو کال مشیاہ

ہلمس منز زٕژٕ موٗٹھ یادٕ اَنبر
اَشہِ موٚختہٕ جُرِتھ چھۄت نال مَشیاہ

لچھ حمد و ثنا یَتھ حالس پیٹھ
ہم کال چھُھم یُتھ کال مَشیاہ

اُچھ گاش وَندن یُس زُلفہٕ گٹن
بیتاب سُہ موٚت یٔژ کال مَشیاہ

☆☆☆

# غزل

سورُے دنیا آسیا پاگل
پۆز ووٚن میےٚ، ہے ہے ما پاگل

سونچکھ سمجکھ، راوکھ ، ہارکھ
اَس با پانس، بن با پاگل

گٹہٕ مُتۍ ساہرۍ عاقل دانا
گاہ تیمۍ وُچھ سُے موسیٰ پاگل

بَج سأ وُچھ کھوٗژِتھ پکھ سأ
ییتہٕ چھے وولان دُنیاہ پاگل

أچھ نوٚمراٚوِتھ، وُٹھ گُمناوِتھ
پتہٕ پرٛژھ کانٛہہ کتھ آسا پاگل

وانکہٕ روشین ہُند چھونی چھونی
زندٕرۍ کرٚتھن گاہے پاگل

أندری گلۍمتۍ ڈلۍمتۍ سأری
ییٚتہِ از پرٕتھ انساناہ پاگل

دانا عأقل أسِتھ ڈألِکھ
بَنہِ نا ہأدی کانٛژھا پاگل

پوٚز یُس کانٛہہ وَنہِ کڈنس کنہِ کنہِ
عالم تس وَنہِ وُچھ با پاگل

☆☆☆

# غزل

وَنہٕ کوتاہ ووٚنی لۄُسس ؤنی ؤنی
نقش کھسیاہ زانہٕہ آبس کھٕنی کھٕنی

اورٕ یِوان مجنون وُچھوو ماتِھہ
ٕستی ببن منز تھاٚیو گٕنی گٕنی

دوٚہس لٔبی لٔبی پان مٔشتھ گو
شامس ہن ہن پیٚیہٕ زَن چھٕنی چھٕنی

مٔشران مٔشران مٔشران روٗدُس
یاد گنان گئے تیٚژاہ گٕنی گٕنی

زیٚوٕ پیٹھ أنی أنی وَنہٕ نَے لۄُسے
سوے کتھ تھاٚوٕم جگرس کھٕنی کھٕنی

شِکوٕ شکایت پرأنی حکایت
وبگلِتھ یٚخ گو زیٚوٕ پیٹھ أنی أنی

تُہ چھِو ژھارن جامن دامن
ہِتر گے نالس پیوٗمُت ژھێنِز ژھێنِز

مأنز اَتھن گُل کأری اللہ!
کونگہٕ پوشن سونہٕ رہتجاہ گٔنز گٔنز

گاشِری رویس شفقچ ہِنہ ژٔنز
ژوٗنٹھی پھُلے گٔنز تیغ تہٕ پرێنز پرێنز

کونسری کوٹھرِبن روپھ ووتھراُوِتھ
سونہٕ ژُج تینتالیبن پۄٹھ کٔنز کٔنز

☆☆☆

# غزل

لأنی تھوونم واو لیکھِتھ
زانِھ تہِ چھا ٹھہراو لیکھِتھ

ناو دراو چون چھُ ماتھہ
آبہٕ سے پیٹھ ناو لیکھِتھ

وَو سأ شبنم موختہٕ نیَن!
تھو سأ پوشن کڑاو لیکھِتھ

پوشہِ مالو بدلہٕ ہٹہن
ئتی گرِچ داو لیکھِتھ

واو سُلے نافہٕ ہران
وانہِ از گوڈ تھاو لیکھِتھ

مائز ملہِ پمپوش اُتھن
ہلکہٕ تَس میون ناو لیکھِتھ

# غزل

لول کھوژُن زانہٕ ماثہہ     شوق بٔڈی تن پرانہٕ ماثہہ

پانہٕ أندری چھُکھ ژھوکن     شینٛچھ وٕنی شِنہٕ مانہٕ ماثہہ

وَن حوا! پرٛژھ آدمن     وَر .یوہے لر کانہٕ ماثہہ

تالہٕ پیٹھ تُہندُے حُکم     واو ٹھہرُن مانہٕ ماثہہ

پتہٕ ژٕ ون سورُے لگَے     گوڑٕ یہٕ دپھ ہے زانہٕ ماثہہ

ڈاف ترأوِتھ راتھ ییٚتِہ     گاشہٕ لٕے ہِش سانہٕ ماثہہ

شر ژلبم یوٚت واتہٕ از     تھریہٕ چھم پچھانہٕ ماثہہ

☆☆☆

# غزل

صدمہٕ گنزرُس لگے ژٕ پانہٕ کنٔے
تیر واراہ مگر نشانہٕ کنٔے

ژٕم چھِ عرشس تہٕ أسی چھِ فرشس پیٹھ
بس یہِ تسلی پۆتُس ٹھکانہٕ کنٔے

سالہِ أنی لولہٕ، زال، وَہرأوِکھ
کأشرٕ بن گۆو دوہے وَکانہٕ کنٔے

پوشہِ بُستی چھِ میانہِ شیشٕو شَے
گنہِ شہارس اندر ٹھِکانہٕ کنٔے

یار گھر بار رِشتہٕ دار مگر
تھَو گُمانہٕ پَتو ژٕ پانہٕ کنٔے

نارٕ لمبگھ چھِ سرفہٕ زیو مُژرِتھ
چھپنہٕ باپتھ یہِ سائبانہٕ کنٔے

زٕو، زمین، تھوو برونٹھ گرِو
زیو فروشو دیان زمانہٕ کنٔے

دۆہی دوہس وُچھم نہٕ تنہا زانٔہہ
خأبٕ ڈیۆٹھم یوان شبانہٕ کنٔے

☆☆☆

# غزل

زۄنہٕ رۄیس پھۄلِتھ گولاب مہ وَن
لگہِ أچھن مےٚ أچھ یہِ خاب مہ ون

سٕندجہِ پھۄلیاہ نِگار، زونہٕ پژومےٚ
کیاہ گوناہ از کیا ثواب مہ وَن

وَن سُہ پیہِ وِگنہِ وَن ناون
نیرِ چھُم گژھُن اضطراب مہ وَن

لولہٕ محفل سٕمِتھ ہوی سأری
یم چھِ وٕسی پایہِ ہُم نواب مہ وَن

اَوٕ وُچھان وُچھان وۆنتھ سورُے
"کیاہ ونےٚ" تھَو جناب مہ وَن

تتہٕ چھِ گوہنن دپان سبٹھاہ پرسش
آسہِ حض ! زہنو ثواب مہ وَن

غم سِتم صدم چھُ پۆز یارا
از چھُ واراہ چۆمُت شراب مہ وَن

لوو یاوُن سُہ پژون وق فرحت
پرٛژھہٕ مہٕ کینہٕ چھُم گژھان عذاب مہ وَن

بے سلاخ موختہٕ زِژ داوَن
تار بے حساب از حساب مہ وَن

تاب رأوِتھ حسر چھُ بیتابی
پزِ کرُن تمُس کینہٕ تاب مہ وَن

☆☆☆

# غزل

بوس پھٹہٕ نس آو ژھٹہٕ ہو بے زبأنی کیاہ وَنو
کتھ چھِ پزٕ اِدٕ آسہِ چأنی یا سو میأنی کیاہ وَنو

خاب گأمتی خاب تامتھ نیہہ ہِندٕر گأمژ وُہتھ
بےٚ فکر، بے پھیرٕوک شونگان تَم پرأنی پرأنی کیاہ وَنو

ییٚمی نہٕ وُچھ طوٗفان بُٹھی ژُٹی تتھ سمندر مانٛہہ وَنو
یَتھ نہٕ کانٛہہ ہنگامہٕ آسی تتھ جوأنی کیاہ وَنو

آب ژھوٚر انمول امر بتھ آسہِ پوٚز یژھ پژھ شردھا
نتہٕ چھُ باسان دود تہِ کوٚلے بد گُمأنی کیاہ وَنو

یورِ دوٚ یمس راتھ راتھے میأنی درٕے أسکھ کران
اورِ دوٚ یِنم یاد کیاہ چھُم کتھ چھِ پرأنی کیاہ وَنو

زأہدن ہُند لوسہٕ وُن دوہ یا شرابِن ہُند سحر
بےٚ مُدا بے کأف از یژ زندٕگأنی کیاہ وَنو

اِقتدارٕچ گنٛز ہَوس بوچھِ دوٚلچ سُنٛز پایہِ دار
آسہِ وَنِن ہُو کتھ ہمِن شمسار قأنی کیاہ وَنو

# غزل

وُنلہِ اَنہِ گوٚٹ غضب تہٕ تنہأیی
واو طوٗفانٔی شب تہٕ تنہأیی

زاج مالے، ظُمن تہٕ اڈکھیوٚ کُٹھ
شوٗٹھ، بے زوٗ بلب تہٕ تنہأیی

یادٕ آمژ سِمتھ تہٕ ہِندٕر گجٕ
پھانٛچہِ اَچھ کھوسہِ نب تہٕ تنہأیی

باوٕ ژٲن رَے گوٚمُت تہٕ بےٚ سونٛچس
ہاوسن گارٕ رب تہٕ تنہأیی

کانٛہہ ہمدم! غاب آدمی سَتھ
چھوٚنی پتھر زہر ہب تہٕ تنہأیی

یتھ زمانس از اگادِ گوٚمُت
زانٛی مشرپھ لُکیہ تب تہٕ تنہأیی

وُنلہِ وۆلمُت چھُ نال رنگ ڈۆلمُت
ڈبکہِ چاٲرِتھ چھُ شب تہٕ تنہاٲیی

ناگہِ تریشاہ شِہج تہٕ ٹھاکھ چھِنس
زیو پھٔٹِتھ تشنہٕ لب تہٕ تنہاٲیی

پھاسہِ کوٚٹھر لب کنوٚ تہٕ گٔنزِتھ دوہ
انتظار بےٚ سبب تہٕ تنہاٲیی

دِیُو کریکھا تہٕ راتہٕ موٗغلنٕ چکھ
خاب واٲناکھ نیم شب تہٕ تنہاٲیی

خاب پھُٹےٚمتۍ تہٕ آوِ سیٚنٛمٕژ سَتھ
موتہٕ بےٚ واٲنسہِ تب تہٕ تنہاٲیی

☆☆☆

# غزل

حال چھم بےٚ حال لگَے  وِوت راتھ یُٔژ کال لگے
دامنس پرکائلی ژھیٚنتھ  کتھ ۂ ژھاران نال لگے
وانس وُچھِم وُمبرِ نِوان  روُسئ کچہِ ہنز ژھال لگے
لالہٕ یِکھنا حال ونہٕ ہے  کرتہٕ مالا مال لگے
ماے مروٚتھ، لول ،پزر  سخ یِہُند بیٚتہِ کال لگے
پکھ سأ حبسہٕ موصوم پانو  وتہِ ؤُہرِتھ زال لگے
شانہٕ بوٚڈ کمہِ آنہٕ واتی  پانہٕ دَم سنٛبال لگے

☆☆☆

# غزل

سُلے سُہ کُتجہِ گبوُن دُبارٕ گوٚو نہٕ کنن
سحرٕ پھوٚل نہٕ ظُھرٕی پوشہٕ توٚل تام کلن

یہِ لول میون تہٕ قول چون لاوِ پمپوشا
یہِ چاُنٛی نہ کارِ گلن دٔنن چھُ واو کھِلَن

سُہ مس پریشان گرِتھ دَپان دراو چمنس کُن
وُبالٕی گوٚمُت چھُ واو موٚت ہور یور ڈلن

تھاُیو سجاُوِتھ گھرٕ میون شاہانہٕ فرشاُیو!
سُہ یور واتہِ بہٕ آسہ نہٕ یتہِ چھُ بَنن

وتن روزِ چلے جاوٕ غُبارٕ ہمی نہٕ زانہہ
گرٛھن کینہٕ گردِ بُزی تہٕ کارواں روزِ پکن

کشیرِ اگادِ گوٚمُت از چھُ شاپھلی وَق
چھُ "وائے" وُٹھن پیٹھ تہٕ ہائے مائزِ نمن

ژٕ لیکھ لیکھ بیتابا مگر پری نہٕ کانہہ
ژٕہ بوزٕ ناو اُنہٕ شار پنٕنٛ نیلہٕ پکن

☆☆☆

# غزل

بُسن اکھ ژیوٗہ مگر لچھ .آن ہأرِتھ

وُچھم پرٕتھ ساعتہٕ بس انسان ہأرِتھ

ژھوٚ کِتھ سوٗرِتھ تھٔکِتھ زیٔنن چھُ مٔنزِل

لبِنہٕ چھس زندگی پوٚز جان ہأرِتھ

ژے زیوٗنتھ وُمبرِ ییتہِ بنہٕ وُن چھُ باضے

گرٛھان از کیازِ چھُکھ حأران ہأرِتھ

وٕنم شیٚچھ کترِ زاریو پکھ گندان گرٛھ

ژے زیٔنن أخرس دِپھ پان ہأرِتھ

پٔزس اَپزس دوہے ٹکراو ٹھأسِل

حسینؓ زیٔنتھ دوہے مروان ہأرِتھ

یہٕ وُچھ کِتھی لولہٕ مُتی دیوانہٕ پاگل

چھِ یم زیٔنتھ مگر توشان ہأرِتھ

☆☆☆

# غزل

پۆت وَن چھَپہِ منز راوُن گوٚژھ
سورُے کینہہ مُشراوُن گوٚژھ

شبنٕمی سربہہ سُرمٔلی شیٚہجار
رسہٕ چشمن منز ساوُن گوٚژھ

ہاوُن بوٚزُم نیاوُن گوٚو
دردِل دِل تس ہاوُن گوٚژھ

أمی أمی ییٚتہٕ پتہٕ حأصل کیٛاہ؟
راوُن وارٕاہ راوُن گوٚژھ

چھِٹہٕ پوٚشپرٕی ہیوٗ شوخ حُسین!
شُر دِل مۄژی تنبلاوُن گوٚژھ

ہرِ بُجر، یخ راتھ کٕڑر!
یاوُن سونتگ چھاوُن گوٚژھ

کوچھِ منز لَلہٕ وُن نارٕ الاو!!
موچھِ منز سربہہ چیرٕ تھاوُن گوٚژھ

یوٚت ییٚنہٕ واتگھ پائو زانٛہہ
ساعتھاہ تتی گُزراوُن گوٚژھ

اٰءخر ییمہِ وتہِ پکنٕے چھُس
پان وتن وتھراوُن گوٚژھ

یاوُن چھاوُن وُمبراتن
باقی سورُے ترٛاوُن گوٚژھ

☆☆☆

# غزل

کۆرمُت چھُم وَن یارِ لفظ
مےٚ چھُ تسلاہ، دپھ پڑارِ لفظ

اچھرس اچھرس چھلۂ چھانگر
وٲنۍ تو کتہِ سندارِ لفظ

اَٹمک قوت رُستُمی بَل
گُس ہیکہِ، تُلہِ اَٹہٕ بارِ لفظ

أچھوِ ے أچھوِ ے وَن لتس کینٛہ
لتس نِش وأتتھ تھارِ لفظ

قلمس بُکھ ہُتہِ اۆنگجن نَٹھ
رٕنہِ کاکُد اۆش ہارِ لفظ

مانٛچھ وُٹھن ہُند پریڈن گۆن
لتس گُن وٕلی وٕلی لارِ لفظ

لفظس لفظس حبس گٔری تو
مارِ لفظ بس تارِ لفظ

مہمِل لفظن لأن لگِتھ
لگٔ ءِتی بجلی تارِ لفظ

پربزلن، شولن تارَکھ نب
بُرزس لیکھِ وَن یارِ لفظ

تولکھ زَن پھرٛبسہٕ پھمب کومل
کھولکھ لگہِ گرٛبٹہٕ کھارِ لفظ

☆☆☆

# غزل

پانو کۄ چھکھ سونچان زیادٕ
مُژ نِنٛدٕر پیٚٹھٕ چھُکھ شہزادٕ

غرضک پۆٹ کیاوو کھلِس ترووُتھ
ہوٚنٛزٕ چھونان چھےٚ زیٹھان رادٕ

مۄل بچُن گرٛٹھِ شاہ حبس تھاٲیو
بُتھِ دِنی فیٖل تہٕ فرزیں پیادٕ

وقتُک رہزن ہیٚتھ گۄو سورُے
شُکرٕ ے تراوبن مُچھِ کینٛہہ یادٕ

شیٖہہ نِستر چھی أندری کوران
تأجیب وُنہِ چھُکھ ژٕ تہِ استادٕ

تھپھ دِیہِ کھرنٛگ کرِ کیاہ کرِ پوشاہ
سٕے ژٕ بوزُن اکھ بۄڈ دادٕ

ہاوسی زز بُڈٕ پتہٕ نو تراوی
نکھٕ پیٚٹھٕ والُن مَنہٕ سِند بادٕ

گوڈٕ ژیٚتہِ توشُن ژھارُن پیارُن
آخر پیٚیہِ تس پالُن وعدٕ

ترٛہرن موت تِمس نِش پانٔے
مرنس پیٹھ گو یُس آمادٕ

پرٛ مُلکن منز کونگ از ڈولن
رۄ سلیو ژھاری کُس شاہ بادٕ

دِلبر دِل ہیٚتھ ژۄل کیاہ رُت گۄو
دِلدارن ہُند دِل دِلدادٕ

☆☆☆

# غزل

بیدار یِخ گۆمُت چھُو کُرِو آرام شۆنگِتھ
وُنیۆندُر قسمتس منز چھُم نصیبہٕ تام شۆنگِتھ

گِمژ رُہتھ چھِہ باوتھ امار دٕہی بُزی گۓ
سجاو خابہٕ محفلہٕ رٕژ تہٕ کر کلام شۆنگِتھ

موران رتہٕ ٹارِ اَچھ شفق اختابہٕ چھس پھوٗٹ
پانژال شاندتھُوتھ کیاہ بےٚ پھُرِک یہِ شام شۆنگِتھ

تھرِیو ینہٕ پوٗش ہرِو، واو اَستہٕ اَستہٕ لگے
دِلو دُبراے رژھا کم، چھُ دلارام شۆنگِتھ

وُنیۆندُر باگہِ آمُت گۆن تہٕ خاب خابے گۓ
چھِ بال ٹاربن پتھ رٕٹتھ دیان چھِ تام شۆنگِتھ

نہ دود دَگ، نہ وُنیۆندُر نہ کانہہ غم نہ فکر
وٕدِو رِدِو مہ ستأیو مےٚ لۆب آرام شۆنگِتھ

أچھن پیٹھ أچھ پیمژ تس خابہٕ پھرٕ ستہٕ سۆلناوان
شراب خانہٕ ہے بَرِ دِتھ بَرِتھ چھِ جام شۆنگِتھ

چھُ ڈبکہٕ رٕلِتھ ہیلبن زُنہٕ پژو ببدار تار کھنب
کرَدکتھ پانشہٕ کولہٕ بٹھس پیٹھ، چھُ گام تام شۆنگِتھ

☆☆☆

# غزل

تن گیہِ نبتھٕ نٔزٕ من گوٚو کھوٚٹ
چَلہِ یِیٚتہِ پوٗشِن گوٚن اَنہِ گوٚٹ

وِگنئن ہُند وَنہٕ وُن دوٗربو!!
گوٚٹلبو وَنہٕ کیاہ ژوٚٹووَم ہوٚٹ

اِدٕ ووٚنی پھٔٹتن گُل سمسار
نوٗحس ناو پٔنٕز أتھ یوٚٹھ!

خابَو کوٚڈُمت تیوٗ تاہ واش!!
تأپرن گوٚو آنگُن ژھوٚٹ

☆☆☆

# غزل

بجر نۆو نظر پژٲنی وَنو کیاہ
پزر توہہِ چھا سہ کانہہ ثٲنی وَنو کیاہ

اگر تم سوٗنچِہ چھوٗنی یا رویہِ ہُنی دِپھ
مگر چھکھ دیاڑ ار زٲنی وَنو کیاہ

تھٔیوِ بیٚیہِ زنمہِ باپتھ مال سومبرتھ
وُنو دُنیاہ چھُ ہیے فٲنی وَنو کیاہ

جٔ لبہِ ہا نو جوٲنی زندگٲنی
سو ترایا مَس نظر پرٲنی وَنو کیاہ

کرن کپٹن ضمیرس سوچ تژوپرَن
دین پتہٕ وستہٕ أسی کٲنی وَنو کیاہ

گٲمٕژ درۄج زندگٲنی شادمانی
چھِ کٲژاہ سرۄج پریشانی وَنو کیاہ

ژُلن لارُن دوُن شورُن تہٕ وورُن
چھِ لُکھ چبتھ آبِ دیوانی وَنو کیاہ

زندَے گاٲمٕژ قبر، دوہ کوہ نکھس پیٹھ
وُنیۄندُر راتھ پُشرانی وَنو کیاہ

شفق اۄنگجو تُلن تھۄد زۄنہِ گٹہٕ پچھ
سپدی حارٲن حارانی وَنو کیاہ

☆☆☆

# غزل

کھُلہٕ اٰسی اَسن یہِ چھِہ راتِچ کتھ
گھرٕ اٰسی بسن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

یوٚد لوسان ژٕپری زوٗن مگر
سُلہِ سِریہِ کھسَن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

یتھ جایہِ ونان از دٕدونہٕ بَل
اَتہ ہرنہٕ دروکن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

واٰناکھی کھنڈر ڈیشتھ کھوژٕ کھ
موٚت لول لَسن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

لرِ پان تھٲوتھ روپہ نٕرِ دٲرِتھ
گھرِ سانہِ ہن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

ہُتھ ڈوپھَس یتھ از ناو وولر
روے زون وُچھن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

مُرشسندجہِ پھُلے ونہٕ کاٮ۪لکی تھوٚسی
خوش ءکتی گرشھن یہِ راتِچ کتھ

درزوٗن چھِہ کاسن کھےٗ ژھاین
زٕژٕ ہیرِ وَسن یہِ چھِہ راتِچ کتھ

☆☆☆

# غزل

موٗلہٕ چھُ کڈٲن نبر برٛن تارِ دِیو

ما سأ فرن ژوٗر گھرن تأرِ دِیو

والہٕ واشن واش کڈِتھ جل چھِ پھربکن

شوقہٕ ہرن وائے ہرن تأرِ دِیو

ہوش یمن اوس تمن شاپھ لگِتھ

سوٗنچہٕ یُس تَس فاش پرن تأرِ دِیو

شورِ شَر کربکہٕ نادچِھ چِھ کتھ چھِ وِبھرٕ

چھا سأ اتہِ کینہہ فِکرِ ترن تأرِ دِیو

از چھُ بُتھن تژام گوٗمت أچھِی چھِ پھرتھ

چھا سأ پننۍ پاس کرن تأرِ دِیو

اَجلہٕ سہہ از چھُ یلہٕ گوٗمت ہوش گرِو

ہُم چھِ مرن نوم چھِ مرن تأرِ دِیو

سوٗنچ ترٛوٗپتھ چشمہٕ وٕٹتھ ٹیب وُٹھن

بَس تمے ییتہِ تارِ ترن تأرِ دِیو

☆☆☆

# غزل

گُل اَسی لۆبہٕ وِنۍ مگر بے موقعہٕ واپھ پھٲلی
ہیٚیہ یہِ مایہِ تے پرِ شوقہٕ گُس بے رنگ لفافہٕ ٲلی

توٗت تاپھ دَم، حَبس تہٕ وٕسی تاوٕلد وٕڑر
ہُتہِ آب خواب، غاٗب گۓ کرتام روٗدِ چھٲلی

شاہانہٕ بٔنگلہٕ دیٖار زمین کار مویَسر
رأژمژ بِندٕر گۓ کیمیا بنہِ ہے سو کاش ملی

لَژھہِ لول، بَرٕ طمع، وُہتھ خاب، مُہتھ سٔز
اصلی چھِہ موٗدۍٕمتۍ مگر شہہ کھسان ٲلی

یٕژھ پَژھ نیٖکھ تٕلتھ تہٕ گٕمتۍ بے لباس از
ہُتہِ درایہِ مُلہٕ کھوٕکھرۍ سٔخ شکچہٕ وُنلہِ وٕلی

اصلی بہٕ سوٚت تہٕ لبڈٕ پہن او سُس تہٕ گوس پتھ
ہمدم تہٕ ہم نوامےٚ وُچھان بروٚنٹھ بروٚنٹھ ژٲلی

☆☆☆

# غزل

میٹھ مۂدر کتھ سنطوٗرُک سُر
پھیرن نافہٕ تہٕ ٹھۄراں گاشُر

اَسہٕ وٕنی رٕکھ پھٔج مونا لیزا
ہٕنگرِ زربن چھونی ونہٕ ناون ہُر

خاب مےٚ ووٗنم ووٗنم ووٗنم
تاپٕرن چھم آمُت سخ کُھر

کینژھ متہٕ ؤنی تو ویوٗر تُلِن از
دأن پھُلِے مُژ شوق تہِ اَن ہُر

شوخ حسین چھِٹہٕ پوٗنپری شوٗبل
دل میون زانُن ژٕنژِل موٗت شُر

دُبراین سنگ رووُمت درایکھ
پھُچھرِ سارن بے حد بے سُر

زیادٕ طمع گۆو بۆڈ جنجالاہ
تھل کرتٕنۍ یۆد گۆن چھے ووٚتر

لول یہِ میونٕے کوٚت سٕدٕر سۆن
قول یہِ چونٕے چھۆن تے ٹاسُر

مَنہٕ شۆد مایل زیرکھ صأبر
بد خواہ وَنہِ نس بے بُتھ کاشُر

☆☆☆

# غزل

سۄتہِ ییٚنہٕ پھٕرٕٹہٕ پھرٕبٹھ گاش مۍ زاٰلو
لۄتہِ ییٚنہٕ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹھ گاش مۍ زاٰلو

غرضل منڈچھن وٕسی پیٚن یگہٕ لن!
موٕملکو بُلہٕ بَٹھ گاش مۍ زاٰلو

لیہِ ترییہِ ترٛوپرِتھ توتہِ یواں اوہ!
شوٗرِچ کرٕیہہ کٹھ گاش مۍ زاٰلو

دوستو وِزِ وِزِ لاٰگی بب٘گارے
نیرن نٕی ہَٹھ گاش مۍ زاٰلو

نیٚبرٕ کران گتہٕ گیوٗر چھِ شاٰمت
وَسہِ ما نٕنی ترٕٹھ! گاش مۍ زاٰلو

ہاٰل گمٕژ ووٚنی انہِ گٹہِ لسہٕ نس
چشمن لگہِ ژھٹھ گاش مۍ زاٰلو

اَنہِ گٹہٕ گٹہٕ پچھ سیۆد وَتھ لبہٕ ہَو
گڑاڈ کوٚرُکھ ہَٹ! گاش مہٕ زأیِلو

اَنہِ گٹہٕ سودا گرٕ ما وولن
شوٗلن مرگھٕ! گاش مہٕ زأیِلو

بتہٕ دَبہٕ نے کیٛتھ ووکھٕ پکُن گو!
زورٕ برس کھَٹ! گاش مہٕ زأیِلو

گٹہٕ زوٚل اَنہِ گٹ گئیٛ وہرأوِتھ
نیٛربس ما چھٕ! گاش مہٕ زأیِلو

☆☆☆

# غزل

بولہِ گِل شۄبہِ بُتل راتھ ڈٲلِتھ گاش پھٲلِتھ
رَخ سبز سبزار سُلے تھاوِ چھٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

زٕژٕ اۄنگجو پوشہِ ٹۄرٕبن واو ژٕنژٕلی شوقہٕ گِنداں
شرمہِ ہۄت شبنم منٛدٕ چھ گرٛڈھِ روگہِ گٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

تھاوِ پَم بَچھ ٹۄپٕ ہٕچ وُچھِ آبہٕ أنس روے ہِسر ہیُل
واو ہۄتہِ ییہِ ڈالہٕ دِواں پھٲلِلہٕ مٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

زۄن شیتکل نۄر ملبس اٚوتن تن ناوِ رِہج
ازمےٚ باسن لالہٕ پھولہِ ما داغ بٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

راتھ رانٛٹس زۄنہِ ولاں ہاپہِ گٹہِ ہُند کفنہٕ سیاہ
ٲسری یہِ ییہِ یُتھ حال وُچھِتھ روگہِ ژٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

زُونہٕ پَرو مَس چاوِ تارَکھ مایہِ سُمِتھ ہِکچہِ گندن
پوش پھٲلِتھ مست گرٛہِتھ باسہ ڈٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

رٲژ گٹہِ ہُند شاپھ ووتھِ ہُتہِ دود لوتہِ سوتہِ واتہِ سُلی
آشہٕ نےٚ ہٕنز بَرِ تھٲر ییہِ جستہٕ پھٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

زوٗنہٕ پچھ گٔنز پاسہٕ سونٛچ تارٕتٔنز فرشا یہِ نین
سنگرن پیٹھ چاأندی کھٔبنگرن آسہِ گٔلِتھ گاش پھٲلِتھ

شٔچھ یہِ سوٗزٕن ''واتہٕ راتھاہ'' تھووےٚ وَتن زوٗل گٔرِتھ
ووت سُے اَوٕ ووت مگر راتھ ڈٲلِتھ گاش پھٲلِتھ

☆☆☆

# غزل

زنڈ روزُن گمن طوٗفانن منز
خأر باسان چھُ از وکانن منز

از چھُ درامُت سہ سون کُن شاید
تیر چأرِتھ چھُ کیاہ کمانن منز

پرووُمت اوس روو وأہی سورُے
گأیلاہ گوٚو لگُن اَزانن منز

کتھ تُلان اول ییرنِچ یامتھ
گتھ کران ترٛٹھ چھ آسمانن منز

موے وٕہتھ واے جام پھُٹرأوِم
قطرِ کینٛہ لأژی توتہِ ٹھانن منز

ہُم دپان کھوٚت تہٕ نوم دپان لوٗسُے
کوٗت وُنہِ دوٗ ربر چھُ دون زمانن منز

☆☆☆

# گیت

## سمے مہابلوان

سمَے مہا بلوان ویٚسہِ یے، سمَے مہا بلوان
یُس وَنہِ پوشس اُتہِ یے زانُن موٗرکھ سَخ نادان

سمَے مہابلوان

کالک رازٕ تہٕ صُبَح ڈیوٗڈھُم ژھاران گرٕ گرٕ دان
باسان یُس از نیٚشہِ بوٚد بیقل یوٚ اوٚسے وِبدوان

سمَے مہابلوان

پریٚیہِ وِنی موٗرتھ ریستی أسس کامُک تنبہٕ لاوان
گیٚنہِ بُتھ، مَس چھوٚت ڈیشتھ اُتہِ یے پانے چھس تژہران

سمَے مہابلوان

واوِچ أنی ژھٹھ آشن ہندبن ژانگین ژھیوٚ راوان
داوِکی وَٹھ کوٚر شراوِنی پوشن چشمو دِیُت مُت پران

سمَے مہابلوان

پٕنچِہ زوٗنہِ چھُ راہو وقتُک رژھ رژھ مَدٕ والان
وأنسہِ ہنزٕ ے سوٗنہٕ مالہِ چھُ دوہدش اکھ اکھ پھوٚل راوان

سمَے مہابلوان

شام سوندر مۆ أأسس ویٚسٕرِیے وَتہٕ نٕے نَپہٕ ناوان
سأمی نٹ کھٹ شام مےٚ روٗشِتھ وِزِ وِزِ چھوٚراوان
سَے مہابلوان

کومل روٗپس گیٚنہِ گنہِ ییران ویٚرَن ہوٚمراوان
ہسکتچہِ دیوی سو تہِ سوٚژراوان طوطن کُلہٕ راوان
سَے مہابلوان

ئلہِ رازس خم سورُے میونُے، بال، سٔدر، مأدان
سَمیٚک دامن ڈاین لأنچن سورُے کیٚشہِ زینان
سَے مہابلوان

ڈوربن، بیرَن، پھیرَن بالک چھٹہٕ پوٚپرِ ژھاران
دوران لاران گاران حأران لٔی لٔی چھٔس راوان
سَے مہابلوان

وق بوزُن اکھ وأنسی ساگر زیٚ وَن وِرناوان
مَلراہ ووتھِ اِدِ ڈُبہِ پتہٕ سورُے، اَسہِ تُلہِ گُس پُرسان
سَے مہابلوان

گیانس منز مس شنکر موٚت چھٹہٕ پارؤتی مازان
کامہٕ دِوَس وَن بان چلاوِتھ لس گُس پھرِہس دھیان
سَے مہابلوان

پارُد سوگند زِژ تہٕ پۆن زاہ موچھِ منز چھا ٹھُہران
پڑاریا، ٹھُہریا؟ وَق بوزُن سخ ہٕہہ زَن وۆتراوان
سَمے مہابلوان

زگتس منز چھا کائنسہِ بنیومُت مِتر سَمے زاہ جان
شُتراہ زأنتھ لایان روزان کھٕڈ کھٕڈ سِتمکٕی بان
سَمے مہابلوان

..................☆..................

# نظم

## اوس ادھم محوِ عرفان............

اوس ادھم محوِ عرفاں

بۆزئمی

غٲباتی سخ منگ گرشھان

نالہٕ غٲبٲتی أسی نب چیرِ تھ برہسان

ؤلی خدایا گرسأؤلی محشر بپا

لۆسی ہتی أسی سۆ ری گأمتی أڈی جہِ کرٛنز

اَسہِ شرۆ پتھ قبرَن اندرئژ کال گۆ و

میٛژ سپز دودریہہِ گُلی

واے یہہِ تَن ووٕنی قیامت جل پہن اَو جل پہن

میٛرِ قأدمنزٕ أسی موکلہٕ ہَو

صۆرِ اسرأفیل ووٕنی ؤلی ؤلی ؤزِن

آسہِ اَدِ جنت جہنم

بُتھِ پٔنٔنی اعمال ہِن

☆

دیٛانہٕ سِے منز اوس ادھم

گئے کنن گنہٕ وان گئ

روٗحِ آدم سخ وِدان اوس زار زار

کیاہ کراں اوس زارٕ پار

''صاحبو بوز تو ییتھی عالمس منز تھاوتو

زندگی ہنز تیز گردش ووٗنی ذراہوٚ مراوتو

ہے طماہ انتو جماہ کم کیا گژھی

تا اَبد زِندٕ تھاوتو ییتھی تھاوتو

زندگی کیا شوٗبہٕ وِنی کیا لوٗبہٕ وِنی

کوٗت دُنیا لوبہٕ وُن نُندٕ بون مُرشِیل

چھاوٕ ہوز ہراجبینن ہندی وَژَن

تھوتو لَگے تھوتو ژٕ ییتھی تھاوتو

چھے ژے قدرت بڈٕ کمی ژے کیا گژھی''

☆

دیٖان دِتھ اوس پوٗرٕ ادھم

بوٗ زٕتھی

چھِیرُ گُنیش سبٹھاہ

چھے یمن یِن یور

لیکن روُنہ......چھن زاہتی

بارٕ ودِوان!

زِندٕ لوٗکو سمسارٕ کیٛو، جل گرِ وتھٕ ووٗنی سکھر

خاٗلی کرِتھ دُنیاژلو

جاے اَسہِ ووٗنی ترأوِی تو

پرٛاران اَسہِ یژکال گوٚو

تُہندی پأٹھِن

چھاوٕ ہو دُنیا حسین

أسی تہِ وُچھِ ہو زندگی ,کرٛ ھ مأری منزٕ

بوزٕ ہو أسی یارِ ہوٚ، جوپہِ وَنوُن، ماجہِ ہُری

سوٗنتہٕ چَم، گرٛشمہٕ شُہلاہر دِ پَو

مَرمُری وَندک وُشنیار پھاہ

بوٗ زادَ ھمٕنے فقط بوزان گوٚو

وَنتہٕ پتہٕ وَنہِ ہائہ کیاہ"

.................☆.................

# گاشہٕ زآلِو

دارِتہٕ بَر دِتھ
لیہِ ترٕیہِ ترۆپرِتھ
گۆٹ گُٹھ میونُے
پرونُے پرونُےٚ
اَنہِ گۆٹ وأنسی
مےٚ ستھِن ہِتھ
ڈیٖرٕ چھُ ترأوِتھ
گاشہٕ زأ لِو
زٕ ژٕ سرٕ تھن یوٗت
وَتھ ہِنہٕ ہأوِو
گاشہٕ مُتِس کیاہ
ہکہٕ اَژِ بےٚ پھرۆک
پرٕ ژھنہٕ بغأرِ ے
دارِمہٕ کھوٗلِو
داوتہِ بوٗ زِو
لایق ژُوراہ

ژۄرأ ژِتھ گَژھِ

پَیے ماتھاوبم

نٔی نیرَن اَدٕ

عآب مےٚ سیٚدِ سیۆد

لبہٕ اَوٕ سٕی لد

دیوارَن سٔنز

آکھ سنےٕ متی

شِتلٕی مُسرٕی

اَتھہٕ نأ ٹھےٕ متی بد

تالوٕ ژٕنہِ مۆنڈ

ہاے، ژٕٔمُن دٕہ

زأجبن ہٕنز

گُنہِ گنہِ مالَے

پُھن واہرأ وِتھ

سَر پھاویزان

لاوٕ تہٕ لرٕ ژھِ ژھبٹھ

ژھیٚنہِ مَرٕ کاکد ریلہٕ

تہٕ زچہٕ ٹٔکھ

پتھرٕ تہِ نٔی چھۆنٕ

کاکدِ کیٚمۍ تےٚ

اَنہٕ رٮ۪یہِ مأنکن
ژھوٚر چھوٚن خأ لی

ہاواں دَندزَن
کھیٚنہِ مےٚ یِوان چھُم
ازتامتھ چھُم
کھٔڈ کھٔڈ تھوٚومُت

لُگہٕ وبہہ وزناہ
وُمبراتن پرٛتیتھ مےٚ رٕ چھمٕژ
برٛنزی ہٕسے منز خوشبوٕہش راوبم
نوٚن مَتہٕ گأری تو
ننگہٕ متہٕ گرٛھٔی تن
یَژ تھاہ رٕ چھِی تو

وٕندی وٕندی لگہٕ ہو
گاش مہٕ زأ لِو
دارِ مہٕ ترٛأوِو
وَژہٕ کمرس منز

☆

# ماجہِ رۄس ماۂنزِ راتھ

مےٚ آمُت موج اَز چھُم لول چونُے!
چھُ چانے زۄنہِ لۆگمُت زۄنہِ گرۄنُے

☆

بہٕ چاۂنی خانہٕ موج کۄر چھس نا
گزکھ تیرا تہٕ حُسنچ حۄر چھس نا
بہٕ سوے چھس یَس رچھان آسکھ وَچھس تل
بہٕ ژیےٚ نِش از پیٚمُژ سخ دۄر چھس نا
کران آسکھ مےٚ لولہٕ متہٕ لاے موجی
کران آسکھ مےٚ کھونہِ منز جاے موجی
بہِ میون اَش قطرٕ زن تیزاب ژیےٚ کیٚت
مےٚ گو گیوتھ ژیےٚ وُژھے تھتھراے موجی

دپان أسکھ مےٚ پوٚت ژھاین وُچھانی
مےٚ کُن وُچھتھے ژےٚ بوچھِ أسِے مشأنی
وَژن وٕنی وٕنی ہنٛدرِ أسکھ مےٚ پاوان
تہٕ اڈٕ لیٚچھِ کتھہٕ ژےٚ دِل آسے بڑمأنی

مگر وَنتم ژٕ گیہِ ہم کیازِ ترأوِتھ
ژٕ ژٕجہِ ہم وٕہی مےٚ گیہِ ہم لوسہٕ نأوِتھ
ژٕجکھ کوٚت موج وَنتم پأری لگہٕ ہے
مےٚ کیا گدریوو تہٕ کس ہکہٕ حال بأوِتھ

مےٚ چانے رایہِ ییٚلہِ تھکھ گوٚو نہٕ ودنس
مےٚ دِتی ہم برہم تہٕ دوٚپہم گۓ سو سأٔلس
بوٕ شُر أسس بہان اوسُم ونان أسی
پکان آسی گژھ ظہٕریا سوٕ مأٔلس

مگر پتہٕ وٕنی مےٚ دِتی مے ژیےٚ ژوپأری
ژےٚ ما پتہٕ زانہہ تہٕ روے ہووُتھ یپأری
وُچھِ گیہِ کتھہٕ تامتھ چانہِ گرٛشہٕ نے
یِوان پتہٕ بییہِ . دِتُے پرتو بہأری

ژٕ آیکھ ما مےٚ زوٗنم چھُے ملائے
مےٚ واوس کاوٕسے کرٕی مےَ سوالے
گرٕشِھو نا ماجہِ ؤنٕی تو بیٚیہ بہٕ وٗچھہن
نتہٕ لِلّٰہ مےٚ کرٕی تو تس حوالے
یِتَم مےٚ موج ژیٚنے ووٗنی کھور چھلہٕ ہےَ
بہٕ ووٗنی کمخاب تےَ اطلاس وَلہٕ ہےَ
مےٚ چھُم چونُے مَرُن ووٗنی روشہِ نےَ زانہہ
وُچھِتھ اکہِ ساتہٕ موجی کوٗت پھولہٕ ہےَ
مےٚ کیا کوٚر وارِ وَنتم کیازِ ژٕجھم
ژٕ چِکھ ما روٗشتھے کتھ جایہِ لٕگ ہم
یَبن ما زورِ زانہہ ژےٚ گرہنز کوٚرنےَ
ژٕ ما نوِ ژٕندرِ پأٹھی ژوٗرِ گٕژ ہم
مےٚ مأتزِ راتھ أزی ژٕے لول برتم
مےٚ لاگِہم مأتز واہ کُس وانکہٕ پأربم
چھِہ دردِل واریاہ أندی أندی ژوپأری
ژےٚ روٚس وَن موج کس ووٗنی میون پھیربم

ووٲے موجی ژٕ اَز اَسہٕ ناو ساتھا
ووٲے موجی ژٕ اَز وَنہٕ ناو ساتھا
چھِ آمتی شرمہِ ہندی پٕژھی موج میأنی
چھکُھ شیٖرین تہٕ ژٕ تم رَنزناو ساتھا

ژےٚ روٗس دارِ پیٚتھ مےٚ ژھارِ کُس اَز
اَنہِم کُس وانکہِ ہَن ٹاکانہِ ہنز اَز
وَہم کُس وأری وبن چھُم خانہٕ موجی
ڈٲرِس منزٕ کُس تُلہِم وَنہٕ وَنس گرٕبز

وبسَو سٕمی تو مےٚ از وَنہٕ نأوی تو پوٗر
تُلِو رِتی ہُری وٕنو پھوٚلِنے دِلُک ٹوٗر
تُلِو تیٚتھ ہُر ژھبنن یُتھ تارٕ نبہٕ چے
یہِ مَتہٕ وٕنی تو ژٕ ہے چھکھ ماجہِ روٗس کوٗر

یہٕ درایس موج وأرِو دِم مےٚ روخصت
ژےٚ ما پھیری ژےٚ اُسے میأنی شفقت
چھےٚ أندی أندی مول بأے ماسہٕ سٕدرَے
ژٕ گتہِ چھکھ موج للہٕ وُن چھُم یہِ حسرت

ہَتو ءکھہَرو پکِو رَسہٕ رَسہٕ قرارَے
شۆنگِتھ چھم موج کرٕہس زارٕ پارَے
چھےٚ آسان موج دَردِل کورِ ءکرٕشاہ
گرٕھبم ما بیقرار پکٕتو قرارَے

خودایا ماجہِ ہنز ستھ کورِ پۆشِن
تہٕ روٗزِن مالہِ نِچ ستھ پۆرٕ توٗشِن
سیا سَرِ ماجہِ ہُند گرٕھہِ سایہِ پوٗشُن
تہٕ روزٕنی ڈیکہٕ بۆڈ تس زانٛہہ مُو روٗشِن

.................☆.................

# گیت

از شامن وعدِ مے تھوٚو شامن پِنۂ بوزی کانہہ
چھس رادھا کھوژن لگہِ پامن پِنۂ بوزی کانہہ
ویٚسی زُلفہِ چھجبس تل پِیہِ ساوَن پِنۂ بوزی کانہہ
پتۂ بنگرِ نرو رسہِ وُزِناوَن پِنۂ بوزی کانہہ
ویٚسہِ نِے اَتھِ سوٚزن شیٚچھ اَوِ أزی ووتُس!
ئلی ما چھُم ہتۂ گوٚر تنبلاوَن پِنۂ بوزی کانہہ
لگہِ ویٚہہ وز ژھوپہ کرِ اَسہِ لسۂ سارِبن تھی!
اَندگن وَدِ أشیٚ ند ہوٚمراوَن پِنۂ بوزی کانہہ
پِنۂ نمن پردبن نِش أخرتُک سُند تھکبہِ نِے چھُم
ییٚلہِ ڈیشن پتۂ گرہند چھا گراوَن پِنۂ بوزِی کانہہ
پأراُوم پان تہِ انگ انگ پانَے شوٚبہِ رووُم!
واتھم صُبحے ووٚنم کاوَن پِنۂ بوزی کانہہ
کتھ تراوَس، روشس ہاوَس مُشراوَس
پتۂ اَسُناہ تراُوِتھ مَنہِ ناوَن پِنۂ بوزی کانہہ
چھَس بیقل کأژاہ وُچھتھے سوٚرے مُشران چھس
ژھَل، وَل، دَل دِتھ چھُم مُشراوان پِنۂ بوزی کانہہ

☆

# گیت

مدنو پتہٕ مو ژٕلی نتہٕ مَرِیو کرِیو لولہٕ مَتہٕ لاے
گژ چانہِ أندری أندری گژ سو لوگُتھ بے پرواے
میےٚ ستہٕ کرتو نیاے

شرچھُم کوتاہ کھسہٕ وُنہِ ہِری یو بنہٕ ہا چأنی ژھاے
زُٕ جان ژیےٚ پتھ اَرپن کرِ ہا بَرٕ ہا نا کانہہ واے
مو زانُم وُسرِ پاے

سأری ترأوِم یاوَن رایو چأنی گنے یم راے
دَے میون بوٗزِن جیوتھ تھأوِی نَے لگُٕ نے میونُے آے
بس چھُم چأنی ماے

شوٗ بہٕ وُنہِ ڈٕکہٕ ٹکہٕ سو نہٕ کنہٕ دوٗرَے کمہِ سونہِ ووٚننے داے
ژیےٚ رٕوس پرٕ ہتم پھلوا گئے سو کرتو میونُے پاے
شانت منس أچھ گراے

پراران پراران لیہٕ ہو لوسم چشمن پھٹ ہٕش لاے
بیگُل من چھُم تن چھُم گایِل أشہٕ سہٕ أچھ دَدراے
گیلن چھُم ہمساے

کتھ تہٕ کلے ہٕژ، آش سوتے ہٕژ، پانس چھم تھتھراے
کوتاہ ژالہٕ بہٕ دوٗربر چونٕے أندری چھٕم تِلہٕ کڑاے
پامن تھاوتھم جاے

اَز یم مدنو وٕلی دِم درشُن بال چھسے پڑھی باے
ژَرنَن تَل ژےٚ پڑان بہٕ دِمہٕ ہا زَنم سفل گژھاے
اَندٕہن لانٛنو نیاے

.................☆.................

# گیت

ترٲوِتھ ژٕوٚل مے کُنہٕ زٕنی جگری
گوم مے چھوکھ دِتھ سُنٛز سُنٛز جگری
وادِ کوٚرُن نا، لول بوٚرُن نا
زَرِ زَرِ میوٗنے زَر تہٕ زوٚرُن نا
نالس نیٚہ وُن موٚختہٕ جوٚرُن نا
جامہٕ تہٕ لاگِن پرینٛژ پرینٛژ جگری
مے ستئِن رٕژ ژھالہٕ بَران کیاہ
کتھ چھس نِرمل پوش ہران کیاہ
شوقہٕ اَسان کیاہ لولہٕ گِنداں کیاہ
مُژران مَنہٕ چی تنٛژ بتنٛژ جگری
شوٗژ ڈلک رُت پمپوشا ہیوٗ
پتھ وَنہٕ کُے شیتل گوشاہ ہیوٗ
گرٕشمہٕ شہُل سونتک بوشاہ ہیوٗ
پھلواہ تَس پتھ زٕنی زٕنی جگری

پوش سرٕٹل سرتاز سُہ ہے چھُم
مدناہ ہیوٗ مہراز سُہ ہے چھُم
وَنہٕ ناوَن پندراز سُہ ہے چھُم
وَنہٕ وَس وبگہِ لی گنٔز گنٔز جگری
وأنس ژھوٹے وُمبراتن پژارس
ہتہٕ اکہِ وُچھہٕ ہَن پتہٕ پتہٕ لارَس
ماگھ مےٚ کوٚرنم یاوٕنی ہارَس
پوش بہٕ چھاوَس گنٔز گنٔز جگری
تس روٚس باسان دُنیاہ خألی
پامن ہندی ترُٚسی بان مےٚ ژألی
شَرٕ تہٕندے ووٚنی مَرِ ما بألی
ناو تسُند چھُم کھنٔز کھنٔز جگری
جگری، جگرُک گوش بہٕ لگہٕ ہس
لوٚٹہٕ زوٗن حبس ہوش بہٕ لگہٕ ہَس
سرٕنے ہُند سرپوش بہٕ لگہٕ ہس
تس روٚس چھس زن ووڈٕنٔز جگری
یاوَن موٚت چھُم بے پرٕوایا
رٕچھ رٕچھ تھأمس سونٛد کایا

کھسہٕ وُن یاوُن نٕہکے رایاہ
تس روٗس پبمہٕ ما چھوٗنٕی چھوٗنٕی جگری
ہِتہٕ گوٗر وِز وِزِ روشان کرٕ کیا
بِنتی کر تس رأضی گرٛشان چھا
گاہے منہٕ وِتھ اَنتن راتھا
نیاٗمرٛ تھاوِمس رٕٔنی رٕٔنی جگری

# گیت

تٔمۍ سنز چھم منہٕ کامن ییہٕ نا
جاے مےٚ تھٔونم پامن ییہٕ نا

ہی پڑاران چھس نأگی رالیس
یاوَن رالیس بے پروالیس
شَر ژلہٕ ہم وٕلی پیٚیم پالیس
آرن، نارَن ژھارِنٕی درالیس
کانہہ تہٕ سنان چھا میأنس نیالیس
بَب بوزبس یۄد ہاوَے ہاوبس
کتھ کرِٕ زالیس، کتھ کرِٕ آلیس
ییہٕ نے رٔنی آرس وۄٹھ لالیس
پڑارس صوٗفن نامن ییہٕ نا

گبرٗ سوندر ژنژل اَسہٕ وٗن
صبحس زَن اختابا کھسہٕ وٗن
کانچھس آے سہ ہے چھم لسہٕ وٗن
لَسہٕ وٗن، بسہٕ وٗن شُبہٕ وٗن اَسہٕ وٗن
بانژالک نُنہ پوشا پھولہٕ وٗن

خاص سہ چھُم منز عامن پیٹھِ نا

تمیٔ سنز چھم مَنہِ کامن پیٹھِ نا

سونہٕ نےٚ ستیٚن کانہٕ ژوٚلُم مےٚ

وَدِنا رِونا تاوَن پیوٚو مےٚ

وُنی وُنی شوٚد زلہِ وِنی تھٔنی کھیوو مےٚ

جگرس منز سےُ گھٔٹ گھٔٹ تھوٚو مےٚ

شامَس وُنی تَو شامن پیٹھِ نا

تمیٔ سنز چھم مَنہِ کامن پیٹھِ نا

مَنہٕ گاگر ہیٚرن پھُٹراوِم

اُدی ڈیٚوٹھُم اَدی رووُم

پرَمُلک وُچھ وَر مےٚ بنووُم

تن من یاوُن تس پُشرووُم

وِرِ گرشھہِ چیٚر رَٹہٕ دامن پیٹھِ نا

تمیٔ سنز چھم مَنہِ کامن پیٹھِ نا

لٲلہِ مےٚ مجنون خان سہ ہےَ چھُم

نوٗر اَچھن زوٗ جان سہ ہےَ چھُم

عالی جاں، ذی شان سہ ہےَ چھُم

نجد وَنن پھیران سہ ہےَ چھُم

عرُبک عجُمک شان سُہ ہےَ چھُم
کٔنۍ لٔج تس چھوکہٕ پان مےٚ ہےَ چھُم

زِندٕ نےَ مٔرۍ مٔرۍ سامن ییِہِ نا
تٔمۍ سٕنز چھم منہِ کامن ییِہِ نا

..................☆..................

# گیت

وێسی وَندے زۄ سُہ یار انتن

قرار پیہِ ہم

وُجارِ گمئِتس دِلس مےٚ شۄبہِ وُن

بہار پیہِ ہم

مےٚ دَزِ ءژے لادِ موٗرِ پھولہِ وُن

جہار پیہِ ہم

قرار پیہِ ہم

بہار پیہِ ہم

جہار پیہِ ہم

نکھار پیہِ ہم

وَنُس سُہ گرِ میون واتہِ جل جل

تہٕ چھینٛدی بہٕ کرِہس

سُہ چھُم مےٚ آدَن، پیمس بہٕ پادَن

سِپار پرِٕہس

بہٕ وارِ وُچھہِ ہَن تہٕ پأری لگہِ ہس

تہٕ لول برٕ ہس

چھینڈی بۄ کرٕہس
سِپارٕ پَرٕہس
تۄ لول برٕ ہس

دِلُک سکوُن چھُم شِلُک چھُ راحت
أچھن طراوتھ
زُوُک سُہ زوٗ چھُم سُہ ہوش حببس چھُم
رگن وُشُن رتھ

منُک چھُ راحت، حسین حلاوتھ تۄ سونچہٕ فرحت
أچھن طراوتھ
رگن وُشن رتھ
تۄ سونچہٕ فرحت

سُہ واتہِ کمہِ چاوٕ، زالہٕ اِسبند
بۄ شوقہٕ وَنہٕ وَس

کھٔزٕرٕ عربی تۄ کھاٹُر موچھِ ہَن
بۄ پیش تھاوَس

بۄ پاٗرٕ ہنگہٕ گُٹھ، لِوتھ بہٕ تھاوَس تۄ تراوٕ مسند
تۄ حال باوَس

بۄ شوقہٕ مَنہٕ وَس، تۄ حال باوس

..................☆..................

## آکار

شبنم مِلہِ سُلہِ
پوشہِ صفس
لیۆکھ پوٚنپری کیاہ؟

## چاٖر

منہٕ رٕنی آرس
بُکھ کھوٚت أندری
تھٕدی کھأرِو بٹھٕ ٹاربن ہٕندی

## سودا

شوقہٕ گمہِ چاٖو بازردراس أز
چندِ پوٚ ژرُم دراپہِ ژھٕری
توتہِ خأی آس ما
مٔلی پشیمأنی ہیرٕ ژم

# ژٕن

چشمہٕ مُژ ربم
خاب ساۍ روار پھُٹ
ژٕن خابن ہُندۍ اَچھن منزٕ ونہٕ ڈلن

# اَچھِٹ

زۄن ننتھٕ تٔی کالہٕ پٔتٔ
روگہٕ روگۓ ژھ ڈلس تن ناوٕ نے
تیز گۓ دُبرائے کأژاہ تارکن

# زِتٕی

وأنسہٕ ہنِدِس سۄ رٕی گٔمی تِس سۄرٕ ڈیرِس
منزٕی پھیُر دِتُم
تنبرٕ وُنہٕ مَتہٕ یاوٕنچہٕ اَتھی منزٕ وِتھ

## پڑٛ زنتھ

وارِیاہ یٔژ کائلی ڈیوٗٹھُم روے پٔنُن
أنہٕ پھِری پھِری چھُم وُچھان مُدیا گٔنڈِتھ
پھربکھ ہیوٗمے ترووُم
تُوتہِ أکی پڑٛ زنوونس

## آبہٕ بُرٕ

سٔدرس پیٹھ کھوٗت آبہٕ بُرٕ اکھ
أچھ مُژراۓ وِتھ نظراہ ترأون
وٕژھ لہرا گوٗأبی آب

## جونٹہٕ

بوچھِ ہٕژٛ ژرِ ہن
پھل موٗٹھ ترأوس
کاواہ نتھ گو جونٹادِتھ

# خریدآری

پژ انِمن چیزن بۄلی چھےٚ لۆگمژ
بازرگن ژِتہٕ وُلی وُلی لار
ہسکتھاہ ژھار

# یادٕ

پَل اَپھُٹ ہتھ یادنِے ہُند
سونچہٕ دیو
شیشہِ خانس میانہٕ وأنج
دژ اوٹو کہٕ سۄراکرِٕ تھ

# اۆش

ژھٹہٕ مارٕ وُن سٔدرِ یُس اوس وچھس منز
گومُت أچھن پیٹھ چھُم لگِتھ
ہوش کرَ ہے وِیگلہِ یۆد
وِرِناوِ ماگُل عالمس

..................☆..................

# گرٕچ پرٛتیتھ راوٕم

مےٚ وأنجہٕ دَم گوٚمُت دمساز رووُم
حیاتُک ہم سفر، ہمراز رووُم
وَنے کیا وُمبرِ ہُند پوٚز سنگ رووُم
دِلچہٕ دُبرایہِ ہُند آہنگ رووُم
وَنے کیا زَن شریٖک اَنگ رووُم
حیاتُک مأرِی موٚند رُت رنگ رووُم
وَنے کیا صبح رووُم شام رووُم
وَنے کیا راحت و آرام رووُم
تمِٕس روٚس زِندگی کوسہٕ. زِندگی چھم
تمِٕس روٚس کوس خوٚشی ووٚنی پزٕ خوٚشی چھم
بِرَن سرپوش دِلچ دُبراے کوٚت گے
ییمِٕس اَس ماے میأنی ہاے کوٚت گےٚ
گرٛھسم یوٚد ژیرٕ زانہہ ووٚنی کُس مےٚ پژاربم
اگر نے واتہٕ وٕلی وٕلی کُس مےٚ ژھاربم

مےٚ پتہٕ پتہٕ نیرِ گُس یوٚد گرٕ سفر کُن
اُسن أ کھِتھ مگر دِل روزِ وَدوُن
بہٕ اَپزٕے روشہِ گُس پٕزی پأٹھی مَنہٕ وبم
مےٚ پتہٕ وَژھِ وأنجے کھیاوبم تہٕ چاوبم
بہٕ گرٕژھ ڈیوٚل گُس کربم تیمار دأری
خدایس خأر منگہِ کرِ آہ و زأری
بہٕ کُن زوٚن تروونس مےٚ واو پیوٚو نا
مَرٕس میأنِس پزٕ زَلوُن گاش ژھیوٚو نا
شُربن ترأوِتھ ژٕجم اَز موج افسوس
کڈُر تروُن مےٚ کوتاہ بوجھ افسوس
تُلی ویٚسہِ مسولے پُرسان گُس ہےَ
وٕنبم گُس رُبّ مےٚ وَنتم چھا سُہ وارَے!
وٕنبم گُس آدنٕک پرویزؔ چھُم بس
مےٚ أسِن تٔمی سٕندی اَتھہٕ بس نصیبس
زُربن گُس لول بَرِ ژھاربکھ تہٕ گاربکھ
بَرَن مُژرِتھ وُچھان یٔژکال پزٕاربکھ
ستَن سمندربن اَندر گُس چیز تھاوبکھ
یَتِن [illegible] کھیاوبکھ

شُرِبن ووٕنی کُس ونہٕ چھُو مول اَڈلیوٚک

کٔرِو خدمت أمِس بٔنٛ توس نکھہٕ پھیوٚک

تٕمِس روٚس بے بسی ہٕش بے بسی چھِم

تٕمِس روٚس بے کسی بس بے کسی چھِم

سو گٔے پانس مےٚ ترأوِتھ یتھ جہانس

سو لٔج بوٚٹھ وٕہی مےٚ ترأوِتھ گٔے طُفانس

پہوان ییلہٕ یاد چھِم أوِلی مُشہِلی ساتھ

لسان ییٚتہٕ سوٚنتھ نتہٕ پشپان چھِہ وٕہراتھ

گٔیگھ ژٕرے پانہٕ سٕے بٕے مارٕ کوٚرتھس

بہٕ اوسُس وارٕ، وٕہی آوارٕ کوٚرتھس

گٔیگھ ژٕرے زِندگی معمول رووُم

چھِہ لٔنجہٕ سأئِلم مگر دٕپھ موٗل رووُم

مےٚ ربتہٕ کالُک شُہل شہجار رووُم

پھُلٕے سوٗنٛچ وَندُک ہیٚبہٕ نار رووُم

سٕدٕر لولُک موٚدُر دربار رووُم

مےٚ پھولہٕ وُن گاش زلہٕ وُن شار رووُم

مےٚ بسنُک آے لسنُک پارے رووُم

مےٚ اَرسنٛچ ترارے یاوَنا رارے رووُم

دِوان پڑتھ جایہِ تَے پڑتھ شایہِ چھُس وۆن
خدایس پتھ مےٚ باسان گرِ گۆمُت چھوٚن
گرٛھان مےٚ براٴنتی چاٴنی پڑتھ گرے چھِم
مےٚ باسان آلوان ظٕہریا نٔرے چھِم
اَژان ییٚلہِ گرِ گرٛھان چھِم ژھاے چاٴنی
بُستھ خوشبو گٔژھبن منز ہاے! چاٴنی
ژٕ کاٴژاہ صاف دِل سیوٚد ساد آٴسکھ
مُرٛھج معصوم پٔز رٕژ زیادٕ آٴسکھ
جواٴنی منز ژٕے خوش خوشحال کوٚرتھس
مگر بُجرس اندر بے حال کوٚرتھس
چھُ گرِ آسان گرِ، گرِ واجنے ستی
نتَے بسنس کِتبن ٹھیکانہٕ چھی کتی
خدا کرٕی نَے ژٕے تتہِ منز جنتّس جاے
ژٕ آٴسکھ سانہِ گرِ کینژہ کال پژھی باے

۲۳ جنوری ۲۰۰۴ء

..................☆..................

پنٕہ نہِ آشنہِ آمنس پپٹھ بیتاب صأبنٕز دۆیمِ نظم۔ سوٲس
بیتاب صأبس بروٗنٕہے رحمت حق سپٕز مٕژ۔

سُہ اوس وقتا بہٕ زِندٕ اوُسس
تہٕ وَننہٕ پأٹھمن بہٕ زِندٕ اوُسس
مےٚ مٕژ جوٲنی رگن رگن منز زُوان ٲسم
مےٚ خاب شوٕقلی لَسان أسم
نوَاں پھولاں تےَ گِنداں أچھن منز
وُچھس مےٚ اوُسم وُزان أندری خۆشی ہُندُ بے ناگہٕ رادوٲنٛسی
پرٕتھان أسم مےٚ شوقہٕ ہاوَس
سُہ اوس وقتا حسین وقتا
سُہ اوس وقتا مےٚ ستہٕ أسکھ
ژٕ ستہٕ أسکھ
بہار اوُسم، اَمارٕ نےٕ ہندی گولابہٕ گۆندی ہٕتھ
ژٕ ستہٕ أسکھ

مےٚ نافہٕ ژٔندُن عطرتہٕ ادفر تیہان اوسُم کُٹھس کُٹھس منز

ژٕ ستیٚ أسکھ

تہٕ شوقہٕ ہأنگل گِنداں درو کان کیا سکونہٕ رَکھہِ منز

ژٕ ستیٚ أسکھ

سِتارٕ رالس گِنداں أسی مےٚ ستیٚ پکھچن

ژٕ ستیٚ أسکھ

غمُک کوٚ ہستاں مےٚ اوس باسان پھر بستہٕ پھمب لوٚت

ژٕ ستیٚ أسکھ

یقین اوسُم چھُ سونتھ تھکھ دِتھ مےٚ آنگنس منز

ژٕ ستیٚ أسکھ

تہٕ اوس باساں مےٚ لَرِ چھےٚ ریتی تہٕ گرٕ لکشمی

ژٕ ستیٚ أسکھ

مےٚ سحر بروٚنٹھے اَسان اوٚشا چھےٚ سنگرن پیٹھ

ژٕ ستیٚ أسکھ

یقین اوسُم دِوَتھ چھِ سانے ہمیشہِ باپتھ

ژٕ ستیٚ أسکھ

مُرٕ ھیُل تہٕ شیتل مےٚ لولہٕ نغمہ سرسوتی ٹُل

ژٕ ستیٚ أسکھ

مےٚ اوس باسان چھےٚ زندگانی مےٚ جاوِدأنی

سُہ اوس وقنا۔

اَبائسی شامُر ،عنابٕی گاشُر ، رِہج یہِ سونزل شٕہج ہُہ وُ زمل

وتن مےٚ اٲسم کران منور

بژہلی بژہلی یِم گولاب رو یکیٚ وُچھان لبان اوس بل مےٚ یاوُن

ژےٚ کُن نٕمتھ اٲچھ کران پوٚزا

تہٕ چانہِ کتھِ ہنزٕ مٕدرحلاوتھ کران زن ماچھ ٹٕری سماعت

پیٚنتھ ژٕھٹھر کھ بہارتٕتھے چھُ ڈاف تراون

پکان زنتہٕ بالہٕ جوے چھے وزان گبو ان کانہہ موٚ دُرمقاما

ژٕتی اٲسکھ زمانہٕ ہِتہٕ گوٚرمےٚ یاراوُسُم

ژٕتی اٲسکھ رِہلی روخن ہُند گلاٚ لی ووشلُن

مےٚ پھاہ یقینگ دِوان وجودَس

سُہ اوس وقنا............

خُمأری سورٕملی بجَن اٲچھن منز

انیک لولُک وسیع سمندر

دُچھان اوُسُس بہٕ خاب پٔکھٕکی ٹٕرِ تھ یمن منز

سُہ اوس وقنا

ژٕنن پھُلےٚ رنگہِ ریٚہہ ژھٹان کیا

تہٕ بونہِ ڈٕتھرَن ہرُ دپچھُ لاگان مأنز گنٕ گنٕ زرم اَتھن پٹھ

بتِھس مےٚ پژیڈان جلال کرنگ

پھولان ڈیکس پیٹھ مےٚ تاپہٕ زٕژ گوٚند

یہِ پوشہِ تنہِ ہٕنز مےٚ بَبرِ خوشبو

کران معطر رُمس رُمس چھم

ٹھکانہٕ میونُے زمانہٕ شُبہٕ وُن بُتل پٔننی آسمان میونُے

سُہ اوس وقتا......

مےٚ بروٚنٹھِ گنہِ آسہٕ آشہِ وَنوان

دِوان رہتہٕ کالہٕ چی بشارت

پولُر حسین نُندِ بون شُر زَن گِنداں دروکان زورِ کھکرِ ماران

حسین زُنہٕ گاہ سُہ چانہِ بدنٕک

دَوان اوسُم سُہ خونہٕ بدلے رگن رگن منز

مےٚ شانہٕ شوٗقی یہِ اُس حوٗری ژٕستی چھی ہم

یہٕ پیمہٕ نہٕ پٕرزانِہہ

مےٚ کیا خبر چھم وقت چھُ ڈانبل

چھُ کوٗت ہِتہٕ گوٚر رچھُ کوٚت ہِتہٕ گوٚر

ژلاں لاراں دَواں تہٕ دوراں

نہ کانٛسہِ ماناں نہ کانٛسہِ پرٛاراں نہ کانٛسہِ ژھاراں

موچھن اندر بند طفان تُند ہیتھ

یہِ سَمیہِ دیوٚ چھُے مُہتھ نوان اَسُن تہٕ وو شلُن حسین روخن ہُند

شُروٗنِلی ہٹمن چھے بگُر بناوان

پشلِی روٗ پلِی لاٗوی پوشہِ بدنن چھُ گینہِ ییران
سمٕبلِی مسٕس شیٛنہٕ زال پاٗران
سَے چھُ زورٕ وار بیشک نہ پورٕ اَتھ کاٗنہہ نہ پوشہِ اتھ کانہہ
شُکر یادَن ہُند خضر چھُ چیتھ آبِ حیات آمُت
شُکر مےٚ چھَم یادٕ چانہِ سوٚمبرِتھ
یَمےٚ مےٚ ارزتھ یَمےٚ بچاوِم..................!

(اگست ۲۰۰۴ء)

..................☆..................

# مرثیہ

۱۰؍جنوری ۲۰۰۰ء

"میأنی کٔنس تہٕ ٹأٹھ بێنہِ زبیدہ گیٔہ اَسہِ ترأوِتھ"

## مرنہٕ چانے برنہٕ آٔمتی مرگزار

کۆت گۓ ہم ترأوِتھ ہاے بێنؠ!
زبتہٕ وبہہ پُشرأوِتھ ہاے بێنؠ!
مُخملی وَتھرُن سُہ تہِ اوس سَنن
چھکھ مێژِ منز ساأوِتھ ہاے بێنؠ!
بێنہِ تھٕنؠ کومل آٔسکھ دردِل
گۓ کھا مُشرأوِتھ ہاے بێنؠ!
ژۓ تہِ بٕندراہ ترأوِتھ وأنسی اَز
اَسہِ دَگ وُزنأوِتھ ہاے بێنؠ!
وُنہِ آٔسکھ لوکٕٹے جلدی کتھ
گتہٕ اَنہٕ ہوتھ ژھأرِتھ ہاے بێنؠ!
افشائُن ہے ہے روٗدُے شَر!
اَڈلیۆک وَنہٕ نأوِتھ ہاے بێنؠ!

اَسہِ نأوِتھ وُمبرِ ژٕے سأری پٔنٕز

گوٚ از وَدٕنأوِتھ ہاے بینٕۍ

سِرِ کتھ، پٔنٕن گُدرُن تہٕ بٔنٕن

کس ہبکہِ تِم بأوِتھ ہاے بینٕۍ!

پنہٕ غمن وَنتِم شوٗبیا روشُن

یکھِ نا منہٕ نأوِتھ ہاے بینٕۍ!

رافعؔ، افشانؔ، روحیؔ تہٕ جبینؔ

کس وَنتِم ترأوِتھ ہاے بینٕۍ!

از خأبِ تِم کوٚت غأب گیٔکھ؟

گرٕھ تم شہلأوِتھ ہاے بینٕۍ!

وأری اَسہِ میأنی زِیُٹھ اوُس!

گےٚ ہم پتھ ترأوِتھ ہاے بینٕۍ!

تتہِ ویٚژھی نےٚ چھأونی پوشہٕ پوش

یوٚت ژٕج ہم ترأوِتھ ہاے بینٕۍ

..................☆..................

# رووافسوس

﴿۱۹ر فروری ۲۰۰۰ء گوامین شاؔکر رحمت حق﴾

امین شاؔکر دپاں از روو افسوس
ییمی اَکی بوٗز تمی پچھتوو افسوس
سبز دِودار ہیوٗ راٗیِل توانا
مگر مرگن پتھر کیاہ تروو......افسوس

شوٗنگِتھ ظٕہریا وُچھِو مَرِ ژندرِ شُر زَن
مگر تمی دود دَگ وُزنوو افسوس

سُہ ووتھہِ وُنی تھوٗد تہٕ رٔژناوِ یارَن
تہٕ مرٔنن پاٹھ رژھ کھنڈ ہوو افسوس
تمِس ''ہردس'' اندر سوٗنچ شٕہج کل
مگر تمی ''نوٗن گریکہِ وِزِ'' تروو افسوس

ہٕرِتھ پیٚمتی نشاطس پوٗش وُچھ تَو
تھدبن سَروَن گوٗمُت از کوو افسوس
قلم کارا تہٕ رُت گونماتھ لایق

یہِ موتُن ساتھ تمُی غزلوو افسوس
جواں نُندٕ بون رُت فنکار پاسل
پتھر میٚژ منز یوہے از سوو افسوس

سُہ یارَن یار دردِل رشتہٕ دارَن
سُہ دراو سون پاسہٕ ییٚلہِ پرٕکھوو افسوس

سُہ اوسُے دلبرا دِلدار دِلہٕ بوٚڈ
کوٚڈُن کوٕ تھکھ دِلس کیا روو افسوس

وٕنو ییٚتۍ نس عفوٚ سأری چھہٕ بے بس
مےٚ وٕنی تو اَجلٕنے کُس تروو افسوس

ژےٚ لحدے رحمتک ورشُن سپدی نَے
ژٕ جنتی، ہاے اَسہِ سوکھ روو افسوس

............☆............

# نذرانۂ عقیدت بحضور رسولِ مقبول صلی اللہ علیہ وسلم

گر قبول اُفتد زہے عز و شرف

# نعت

چھُ میون پیمبر عظیم کوتاہ
رفیق کوتاہ رحیم کوتاہ

سُہ ژھایہِ رۆس سایباں سونُے
سُہ جان جانِ جہاں سونُے
زمین بلند آسمان سونُے
سُہ آن سونُے تہٕ شان سونُے
نبیؐ چھُ عملی قرآن سونُے
نبیؐ چھُ دارالامان سونُے
تِمَس وُندِتھ جان پان سونُے
شفیق بۆڈ مہربان سونُے
حلیم کوتاہ سلیم کوتاہ
چھُ میون پیمبر عظیم کوتاہ

خدایہِ سُند ٹوٹھ یار واللہ
سُہ غم زدن غم گسار واللہ
چھُ عرشہِ کُے تاجدار واللہ
چھُ ددوبنن نوبہار واللہ

شُہل شجر سایہِ دار واللہ
شفیق دگ دار یار واللہ
سُہ شانہٕ بۆڈ شاندار واللہ
سُہ پاسبان پاسدار واللہ
حکیم کوتاہ فہیم کوتاہ
چھُ میون پیمبر عظیم کوتاہ

نبی برحقؐ رسول رحمت
مجسم شفقت و مروّت
زمین زر ئلہٕ زِچھر نہٕ حاجت
جمیل صورت تہٕ نیک سیرت
رفیق شافع شفیق برکت
سُہ جانِ اُمت تہٕ شان قدرت
نہ مال حاجت نہ عاٗش عشرت
منگاں رَبّس بس نجات اُمت
رفیق دردِل کریم کوتاہ
چھُ میون پیمبر عظیم کوتاہ

………………☆………………

# نعت محمدؐ

سمسارُک سردار محمدؐ دِلہٕ ستھ شِلہٕ شہجار محمدؐ

مولا سُند شہکار محمدؐ اَسہِ سارِن دِیہٕ تار محمدؐ

مایہٕ بۆرُت اظہار محمدؐ سایہٕ شہُل شہجار محمدؐ

دِلگیرن غم خار محمدؐ خاَر بنی بس ژھار محمدؐ

معبودُن محبوب محمدؐ سمسارن بڈٕ شۆب محمدؐ

ملکو وۆن ژۆل لۆب محمدؐ صلی اللہ واہ خوب محمدؐ

فرقانک تفسیر محمدؐ معرفتُک تأبیر محمدؐ

بے دَسِنہٕ دسگیر محمدؐ غزوَن منز وَلہٕ وِیر محمدؐ

نٔبِین ہُند سرتاج محمدؐ صاحبے معراج محمدؐ

توہہٕ کُن چھُس محتاج محمدؐ بس تتہٕ رٔچھ زبم لاج محمدؐ

سمسارُک ڈیکہٕ لون محمدؐ نوٗرِ آگُر نُندٕ بون محمدؐ

مرناہ گۆر تیٚمی زون محمدؐ سأری دپان بس سون محمدؐ

خیر مجسم پیکر رحمت بڈٕنے گٔژ ستھ شُری نے شہلتھ

باوَن پڑ کتھ ہاوَن سیٚز وَتھ شیٖرن رحمت پاَرن مُروتھ

طٰہٰ یٰسین ناو چھُنا تس　　بے بَسنٕہ ستھ بے کسنٕہ کس
شافع نافع خاصن عامن　　رُؤد کنین ہُند دارَن دامن
آکھ ژٕ اَنہٕ گوٚٹ ژۄل سمسارَس　　دردِل بے چارس لاچارس
نظرے تھُندے گُل پھۄلی نارس
خبراہ ییتہٕ ہیتہٕ میٚتہٕ بیمارس

.................☆.................

# نعت

محمد دون أچھن چھُم گاش لگہٕ ہس

شِلس شہلتھ دِلس چھُم آش لگہٕ ہس

سُہ پرٕزُک گاش تارُکھ رحمتُک نب

سُہ عدلُک شفقتُک پرٕاگاش لگہٕ ہس

تکلّم گُل پھولن باغِ یقینس

تبسُم گٹہٕ زٕلِس گو ناش لگہٕ ہس

توکّل ناوٕ تھٕندے روٚس نہٕ بییہٕ کینٛہ

تدبُر دون جہانن آش لگہٕ ہس

سراپا نورِ اللہ، نوٗر واللہ

چھُ اُمت رچھٕنچ ہبتھ راش لگہٕ ہس

بہٕ یثرب چمن وَتن وَتھراوِہا أچھ

زٕلنم شر واتہٕ کر توٚت کاش لگہٕ ہس

موٗنڈن دردِل یتیمن کیٚت شِہلی کُل

بُڈن بوٚڈ ڈوٚکھ اَمِن اَچھ گاش لگہٕ ہس

سُہ آگُر رحمتُک حاصل مرادُک

نجاتُک گوڈ تہٕ آشن گاش لگہٕ ہس

چھُ یٰسین رحمتہ اللعالمین پوٗر

قرآں ہیتھ آو زٕگتس راش لگہٕ ہس

..................☆..................

# نعت شریف

یِکھنا سال کرہے لالہٕ کہٕ مدینہٕ

یِکھنا لال ہندی أچھن دون وَندٕہے بہٕ

حض بھرم روزبم کرم نظرِ اکھ مےٚ

یِکھنا نال رِنیومُت ژھیوٚنمُت ہلم

بلندی تھزٕ بخشِشم چاأنی عنایت

یِکھنا ہمکال چھِم نظرِ نچہٕ وُچھان

موٗدُس گیر چھُس دُنیس گومُت بہٕ

یِکھنا زال چھُم وٕلتھ پانس طماہ

برکت نوٗر سراپا رحمت توٗہی

یِکھنا مال مالا مےٚ کر عنایت

وَندٕہے گاش ہَے لگہٕ آش ژُہنزٕ مےٚ

یِکھنا حال ہَے وَنہٕ حال ہے یِیہٕ مےٚ

چھُکھ تھوان کن نالن ژٕ گارَن گوناہ

یِکھنا یٔژکال از ووت پڑاراں مےٚ

اَز بُزی گردِ گومُت بہٕ پیومُت پڑاہ

یِکھنا خوشحال گرژھہٕ حالِ بوزُم مےٚ

کۆرُتھ لیس پِٹھ عنایت گو سہٕ مرُفا
گوناہ گۆبِ بال گئیہِ لۆتی تھال یِکھنا
شرف بۆڈ چھُم بہٕ تھُندُے اُمتی چھُس
بہٕ بَچہِ تتہِ چھُم تھُہنز رٕژ ڈھال یِکھنا
بہٕ گرژھہٕ ہا دۄن جہانن منز سرفراز
تھُہند بَنہِ میون دِل بیٹھال یِکھنا
ژٕ آگُر رحمتُک حأصل مُرادُک
گٔرِو سوچھ چھُس گۆمُت پامال یِکھنا

........................☆........................

# نعت

محمدؐ بے ستھن ہُند ستھ محمدؐ
رُحس راحتھ دِلس شہلتھ محمدؐ
یتیمن سایہِ گۆن، در دِل بےٚ چارَن
بڈٕ بن ہُند ڈۆکھ شُربن فرحتھ محمدؐ
لُکن کھیاوان مگر ہُتہِ پانہٕ فاقَے
لۆکن ہر وِزِ کران مرُوتھ محمدؐ
وتن ووتھران گنڈی زیٚوِ پیٹھ دُعا رِتی
ایذا دِتھ چھِکھ منگان مُروتھ محمدؐ
مےٚ اکھ نظرِ عنایتھ لچھ عنایتھ
مےٚ چاٗنی شَے چھےٚ بڈٕ دولتھ محمدؐ
فخر چھُم اُمتی تہندُ ے ادنیٰ
عزتھ چھُم چھُم یہِ بڈٕ عظمتھ محمدؐ

معطر روح منور چشمہٕ سپدَن
مدینہ وُچھ تہٕ وُچھ جنت محمدؐ

شفیعا رُت رفیقا ٹوٹھ دردِل
محمدؐ بس خدایس پتھ محمدؐ

خطا کارَس گونا گارَس بےٚ تابَس
یہے چھس ستھ کربس مرُوتھ محمدؐ

.................☆..................

# نعت شریف

تھوٚد چھُ تُہندُے مقام یا احمدؐ
لچھ دروٗد و سلام یا احمدؐ
ستھ جنت نثار تتھ شہرس
پتہِ چھُ تُہندُے قیام یا احمد
بندٕ کم گیہِ، سُہ پانہٕ حق تعالیٰ
توہہِ چھِ سوزان سلام یا احمدؐ
رستگاری لبان چھُ سردأری
چون ادنیٰ غولام یا احمدؐ
عالمس سوچھ تہٕ آدمس مِنت
دِیُتوٕ فرقان انعام یا احمدؐ
ٹوٗٹھ سرتاج عالمینن ہُند
مُرسلینن اِمام یا احمدؐ

شش جہاتن تمام زۆ ذأ ژن
تُہنز رحمت چھِ عام یا احمدؐ
تام غم ژٔلی تۂ دَدوَنن پھٔلی گُل
آم زٕنوِ پیٹھ مےٚ یام یا احمد
نعت لیکھِ ہا سۂ کتہِ چھُ تتھ لایق
وُنہِ چھُ بیتاب خام یا احمدؐ

.................☆.................

# نعت شریف

سایہِ روٗس سونٕے نبی تھدِ پایہِ چھُے
اَسہِ گوناہ گارَن تُہند بۆڈ سایہِ چھُے

چھرٕہ پرُنور قرآنُک ورُق
رُت تکلم سوٕرِ کُے کانہہ آیہِ چھُے

چانٕی ستھ آٮ۪سنٕ چھِ بٔڈ ستھ ہَر أکِس
چانٕی شفقت عمر ہُند سرمایہِ چھُے

یۆد رَٹکھ دامانہٕ لتس سپدی عفو
یَژھِ تہٕ پژھِ یۆد ژھارٕہَن ہمسایہِ چھُے

روز بے پھرۆک سَرٕ نگر وَتھ کتھ تسنز
پایہِ بۆڈ ڈۆکھ مصطفیٰؐ بَڈِ پایہِ چھُے

سون دردِل دادرَس شافع شفیق
سایہِ اَسہِ کیٛت تتہٕ نبیؐ، تَرٕ کرٕایہِ چھُے

یس نہٕ اُلفت آسہِ تٔمؐ سُند بے پناہ
پۆرٕ تقویٰ بھایہِ تٔمؐ سُنڈ ضایہِ چھُے

الفجر روے کھوے تِہندٕ ے بۆزی تَو
رحمتُک ڈٕریاو ماران گرایہِ چھُے

مرسلینن منز تسُند ہمسر نہٕ کانہہ
مرتباہ تس ہیٚوٚ مے وَن کس بھایہِ چھے
کوہِ اُحدس لیس وُچھِتھ الکہٕ الکہٕ گرٛھان
بوچھِ ہتمِن وُچھ کوچھِ رٹان کمہِ مایہِ چھے
بادشاہ وقتنٛک تہٕ دٔج لاگِتھ پلو!!
پاسبان زٕگتُک ہیتھ ژٔنکہٕ جایہِ چھے
چھے بہتابس چاٲنۍ ستھ، مروت گرٕس
لول چوٗنے بس تمٕس سرمایہِ چھے

..................☆..................

# کتبہ

مادۂ تاریخ وفات

والدہ مکرمہ مرحومہ

شٕہج شفیق موج اُس

دژایہِ اُسی نس جنت

چھُ سنہِ وفات مختصر

''حاجرہ آپَس مغفرت''

.................☆.................

# کتبہ

آس ژھۄر ہے ییٚہِ وُچھو دژاس ژھۄر

لحدِ اندر چھُو شرۄپتھ بوسیدٕ مۄر!

روزِ جزاہس یۄد کربس حق مغفرت

زان بیتابؔ پُلہِ صراطس تارِ تۄر

.................☆.................

محمد ایوب بیتابؔ

# قطعہ تاریخ وفات

برادرم محمد ایوب بیتاؔب
دسمبر ۲۰۰۵ء، مطابق ذی قعدہ ۱۴۲۶ھ

بے تابہٕ ادا چانٛی غزلِ چون چونٕے شان
لےٚ چانٛی مُژہج چون سُخن لعل تہٕ مرجان
وۆن جنتس منز انورَن "مہجورٕ یہِ رُکھ لے
یۆت آو تہٕ ہُتہِ اوس مرازہٕ نغمہ خوان"
۲۰۰۵

غلام نبی گوہرؔ

☆

غلام نبی ناظرؔ

# بے تاب چھُس بے تاب چھُس

سرناو چھُس ناوَس لبکھُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس
کوٚت ووت موٚت پھِری پھِری وُنس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

شعرن چھُ پَن تاراں ظٕہری
مشکل اَچھر ژاراں ظٕہری
ووستاد کأری گر دَپُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

توٚن دراو ہیتھ گوٚن لول ماے
کم عشقہٕ سِر دَہرس کھڑاے
قو درٕژ حُسین قلما گوٚرُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

میچھر تہٕ مستی ہبتھ گزل[۲]
پوشے وٕتھر اَچھرَو بدل
پوکاٗری کُس؟ فن کار کُس؟
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

عظمت بدل صوٗرٕژ دِوان
لفظن وٕلِن کم داستان
''وبترُن پیٚوُوے''[۳] کیا کیا دَپُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

ہلمَس جُرِن رنگہٕ ساٗوی گُل
اکھ اکھ رٕسیُل اکھ اکھ ووزُل
گوٚند اوس توٚو شیرُن یُہس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

عشقُن پنٛدر گس گس وَزن
کٲتیٚ کٲتیٚ تھٲوِن ستہٕ سٲسی پن
کتھ چھےٚ شعوٗرکہِ اَنہٕ رُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

سٔدرس رواٗنی مُلی ہیٚرِٕن
غزلن سو لَے ہیتھ آپرِن
ووتھ معنہِ ساوبر ہیتھ گبوٗس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

راواں چھُ شِپہٕ یَنہٕ کُے نشان
تی چھُس وُچھاں تی چھُس لبان
فوٗرم ووٗن سنگم پھوٗلُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

زُنہٕ سنہٕ لیکھو "آ گُل جبین
بے تاب گۄو جنّت نشین
ربتھ کاہ" تہٕ دوہ اِٹھم گنڈُس
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

نیرُن زَن اوُسُس پےٚ چھُ کۄت
سۄت سوو کۄرنم نالہٕ مۄت
نأظر تلا آلو کرُس !!!
بے تاب چھُس بے تاب چھُس

"۸/ذی قعدہ

۱۴۲۶ہجری

بیتاب صأبنہٕ کتابہٕ ۱،۲،۳

..................☆..................

# مرحوم بیتاب صأبنس یادس منز

یم اِژٕھمہِ دسمبر ۲۰۰۵ء رحمت حق سپدی

شبنمٕ شأر کٕے شہجار رووُم
امارَن پھولوٕنمن گلزار رووُم
ہبزایم باشہِ کرنے گلشنس منز
صبا پھولنٕے مےٚ سُے اغیار رووُم
وُچھم کس تےَ پرٛژھم کس کیا خبر چھے
سکونک تےٚ سلوٕکک یار رووُم
بہٕ وَنہٕ کس رازِ دِل دم پھٹٕ گوٚمُت چھس
مژے ہندرے ہرَن ہر دار رووُم
بہٕ پرٕ ژھیوٚن گوس رووُم خاب آرام
دِلن ہُند مأری موٚند امار رووُم
غزل وَنہٕ کُے سہ تھوٚد گاشر مُنارا
شہلٕ کُل سُے وٕنک دِودار رووُم
أندرٕ وَتھ گوم تھوٚونم داغِ حسرت
کنڈبن منز لوٕبہٕ وُن گلنار رووُم
چھُ مضراب چانہِ روٚس بر خاک پیوٚمُت
امأرک ژونگ آدٕنی یار رووُم

محمد شفیع خان

بیتاب نس رحمت حق گژھنن وزِ اکھ تاثُر

# پۄت منظر

گرٚ شمہٕ کالیچ تاپٕلۍ وُڈرتاوٕ ہٕژ یُژ کالہٕ چِی
دوٗ رِ شینکرٕنۍ مکرٕ ہیوٚ ہوٚ کھمُت لِکر
تِہر ٕلنجہٕ روومُت کاواخبر کتھ پیٹھ کران ٹاوٹاو
منزِ وَندس شالہٕ گامے رٕنۍ آرٕ چ شیپنہٕ ژھٹھ
دوٗ رِ گنڈۍ دو پھاشینہٕ منزۍ کلہٕ کِڈتھ
ترگٹہٕ کارس اٰہی دِوان
بٹھٕس پیٹھ ہی مال ہانے مژ
تہٕ ناگرا ے شٹھہٕ رِیوٗمُت
زن گوٚمُت وٕٹسی سوپھن نامہٕ نے

................☆................

غریبس مفلسس پَہرِ انہِ گوٚٹ
دٕ ہی ژُھر برِتس اَز لَسے
شرٚ وِتھ شُری باٗ ژہتھ
بتہٕ میٚچہِ تقدیرس

برکتہِ باطن میینڈ ی گنزران

کمہِ آنہٕ سجد کران

عیالس خاطرٕ عمرِ ہناز تِچھر خدا صاًبس منگان

ہاکس بتس ژوچہِ پھلبن مگر تاثیر بدلے

زٕٹھ عمر تہٕ میوٗٹھ بتہٕ مگر جاے گیر بدلے

عمر گیٔ ژھوٹان اَندووت حسابس یوت لیکھتھ اوس

قسمتس وَرزندگی دوکھ تہٕ غم لتس ناوَس

زِنی موٗ زوٗرس تارٕ تروٗن لعل گودریاوس[1]

.................☆.................

# پیش منظر

ہاہہِ کالس سبزٕ زارَن ژوٗنٹھی باغن کُکلہِ ہنز مدماًتی تان

مکایہِ ڈارس ژوٗر دِوان دِوان

گرٕیسی کوٗرا مہجورنے دردٕ گامے وولسنس یتھ لےٗ تُلان

بوز کنو ہوشہِ جانور بولہِ منز انسانی دِلیچ آواز بوز

شیتل رٕ سِلی کومل اَچھر

کیا سنا؟

تی یہِ ازلے یار یارس ونان

''یادوستو! میون بوزتو، یادوستو! میون بوزتو''

صدا ابرَ پوٗر کیا؟ ندا پُرسوز کیا!

گامہٕ وَتہِ کُن زوٚن پکہٕ وُنا کانہہ قدم ٹھہراوِ

گرٛ ڈھِ ہمہ تن گوش ہیوٚ

زَنتہٕ کانہہ لولہٕ شاعر شاروَ ژھ ٕوأنجہِ پرٛان

زَنتہٕ کانہہ حاٗفظا ژان حاٗفظنٕی غزلا گیوٗان

| | |
|---|---|
| بوزیم شار | دِلس سرٛیہہ گرٛ ژھی |
| زِندگیہِ میچھر | بُجرس خم ژ لی |
| خیال رنگین | شابس جذبہٕ ووتلی |
| صنم حاٗضر | وصلس حاٗمی بری |

چھُ شاٗعر بُتلہِ شوٗب اُمس روٚس مزٕ کیا سمئٕسے

نعمژ کم کم اُسی تن نُنہٕ روٚس مزٕ کیا سالہٕ سے

..................☆..................

# بیاکھ منظر

بیٚنہِ گرٛ ھو بڑ نزِس پوٚت منظرس نظرا کرَ و

سُہ دَ دونیہ، سُہ ماگھ سُہ ژھر بر نظرن تل اَنو

یٚیلہِ تاپلی وُڈرٕ سمکھی دیوانہٕ جوراہ

غاٗرزاٗنی منز

مگر شأعرتہٕ شارٕ مٔتس ازلے ہٕشر
سمکھۍ أسی پھوٚلی پوٚش سیکلی شاٹھہٕ سے

رٕتی ساعت اَتھہِ آیہ ؤرٕ یہِ وادن دیوانہٕ نے
مٔشرأ وی غم صدم شأعری لُج پھلٕے ارمانہٕ نے

ماگھ سورٕ ثوو، سبزٕ وو دَدوَنہٕ نو بہارٕ نے
ژوٚل ژُھر بر مُفلِسس کرم کوٚرنا اَن داتہٕ نے
ارغوانن جامِ عقیقی عنایت سمنٔسے[۲]

شاراہ توٚت تہٕ موٚت بیتاب بس بیتاب بس
شاراہ رُت تہٕ زبر بیتاب بس بیتاب بس
شاراہ رٕسیُل تہٕ مٔرٕ ھُیل بیتاب بس بیتاب بس
"نأظرا! تلا آلوکرُس بیتاب چھُس بیتاب چھُس"

یارشأعر آسہِ تیلہِ سرخوٚشی لبہِ نا دیوانہٕ کانہہ
پتہٕ سُہ مَر روشہِ ؤنی دِیہِ نادیوانہٕ کانہہ
سوٚمبرن پننی دِژنم اے واہ! وَنہٕ کس بوزِ گُس؟ غزل
یاد چھم پھِری پھِری پوان
سوے حأفظنی موے وانہِ چھُم ژٕ غزل

پھولہٕ وِنہِ ڈبکہٕ اَسہ وِنہِ ہونجہِ زَنتہٕ پانہٕ اپالوونان
شار کم کم غزلہِ ہندی، موے پیالن زنتہٕ پانہٕ اپالوبَران[۴]
لوتیُو وگوٚب بار حیاتُک دوہ کیتہٕ آوکیأری دِژاو

اَسہِ نہٕ فِکرٕ ے، بس یہے مد ہوشیا مد ہوشیا
جالندھری سُند بأتھ ہَٹہِ ملکہ پُکھراجنے
زأنی توأسی اُسی دوہ راتھ گبوان
''ابھی تو میں جوان ہوں''
تَم اُسی دوہ رُو مأنی شاعری رٕسِلی بنأوی
تَم اُسی شام رنگین شاعری رَنگہٕ وٕلی بنأوی
تَم اُسی ساعتھ حسین شاعری مُژہلہِ بنأوی
''کینہہ ساعتھ زندگی منز حاصل چھِ زندگی ہُندی باقی چھےٚ واُنس راوان تَم ساعتھ ژھأری ژھأری''

شاعری بیٚیہٕ چھےٚ کیا دِ دِ متِمن دِلن گر پھولہٕ راوِنے
زِندگی ناوٕ ے چھُ زندٕ دِلی موردٕ دِلن گر سنبلاوِنے
لسنس آے تہذیبس ہُر بر چمنن گر پأراوِنے
احساسِ جمال حُسن کأری حسینن گر گُنزراوِنے
گونہٕ مأتی جذبہٕ لَے مُدٕری سازن گر وُزناوِنے
یِی اوس بیتاب، خلوصا، لولا مُحبتا.
یِی اوس سُہ شاعر، یِی تس شاعری جُجت
مےٚ اوس سخ ویان نُسخہٕ تو ہندُ ے
سہٕ اوسُس سیرٕ ہلی ہبس پروانہٕ تو ہندُ ے

بہٕ اوٗسس غزلہِ سوزس دیوانہٕ توٚ ہنٛدٕ ے
کأشرِس غزلہِ روٚ سلٲنیٚ لَے خاموش ووٚنی
نتہٕ اردو شأعری ہُند جگر کأشرِس خاموش ووٚنی
کِنہٕ آشِنے مرثی لکھان کیٹٚس کأشرِس خاموش ووٚنی

| | |
|---|---|
| وَنس مَنٛز یارِ ہوا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| مرگہِ نٕپرٕی پوشاہ | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| بالس ہرنہٕ ژھالا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| ناٮ۪فلٕ مشکہٕ ژھٹھا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| جنٛگلٕ گونہٕ مأتی صدا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| کونسرس پوشپرٕی گتھا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |
| دِلس کِرٛش فرحتا | بیتاٮ۪ٕنٛ شأعری |

متھیو وولہٕ پوٚت وَن ژَلو بُستیو ترٛہرأوی ووٚنی

وولہٕ بیٚیہٕ تٔتی حأفظ پَرو پیمانو دٔدسأوی ووٚنی
بُرٛژا پٔھرا پان مٔشرَو یادٕ ووٚترَو ژوٚمرأوی ووٚنی
کتھاہ لوٚچ گنہِ نٕے پرٛژھَو، کل یگو گٔلرأوی ووٚنی
بالہٕ تھونگمن دُعاے خأر منگَو، اِنسانو مشٔرأوی ووٚنی
کونگہٕ وَٹنَے جنٛگلٕ کتابا پَرو کِتابہٕ شلفو تَپہٕ رأوی ووٚنی
مالہِ تھزرس وِگنہِ روٚ ہس گن تھاوَو راٮ۪ٕنٛسی کرِبکو دِنہٕ رأوی ووٚنی
قلن ہار نیٚستی نشُنا گرو آدمی [illegible] شُرکہٕ [illegible] رأوی ووٚنی

ہو ہرایہِ وَنہٕ ہچِ متٖھو چھون زلہٕ ؤن شاراہ گبوٚ و

بس شوخ سرٕمستیاہ متٖھو وولہٕ نجدٕ وَنن مژرا ٹلو

یک دست جام بادہ و یک دست زلف یار

رقص چنیں میان میدانم آرزوست

دی شیخ با چراغ ہمی گشت گردِ شہر

کز دیو ودَ دملولم انسانم آرزوست ......(رومیؒ)

مگرا ے واہی موتہٕ چھِند روومُت شاعر بُلبلس ونانؔ

مےٚ پتہٕ تہِ آسکھ گبوان بُلبلو

واہی بوزٕ کیایم چائنی وبداکھ میانہِ مرنے

کن میأنی چھِنا میژِ تل وونی میژ بے گاٸتی

''شاعرِ رنگین نوا'' آہ بے تاب ژول

پوٚت وَنن تہِ پوٚت کُنے ''وادی خاموش'' ژوٚل

نأظرن ووٚن تأریخ وصالُک

''آ گُل جبین بیتاب گوٚ و جنت نشین''

میٚتہِ کینہٕ أشی پھیٚری توٚری سوٚ زِس ڈألی یے

کئی شیٚچھا أنی تورٕ زمہریرن پانژ ألی یے

''حقیقت بس پلَن ارمان ٹھاسنی

حسین أولی مژ ہلی جذبات مشراوٚ''

..................☆..................

## حوالہ جات

○

۱۔ کاشُر داستان ''زِنی موٗزوٗر''، لیکھن وول کبیر میر آرِ مُل۔

۲۔ حافظ شیرازی سُند شار چھُ:

ارغواں جامِ عقیقی بسمن خواہد داد

چشمِ نرگس بشقایق نگراں خواہد شُد

۳۔ یہِ مصرعہٕ چھُ غلام نبی ناظر صأبنہِ نظمہِ منز، یُس تِمو بیتاب صأبنس رحمت حق گژھنس پتھ لیچھمٕژ چھےٚ۔

۴۔ اپالو (Apollo)

اپالو چھُ یوٗنانی اسطورس (Greek Mythology) منز شأعری روشنی تہٕ موسیقی ہُند دیوتا۔ أمی سنز شبیہ چھےٚ حُسین تہٕ مأری منز۔

۵۔ یہِ چھُ بیتاب صأبُن شار۔

۶۔ بیتاب صأبنی آشینی گزرے یہِ بیتاب صأبس بروٚنٹھے۔ بیتاب صأبن چھےٚ پننہِ آشنہِ پتھ زٕ طویل نظمہٕ لیچھمٕژ۔ گوڈنچ چھےٚ کینژٕ وہٕ زمژ۔ مگر دوٚیم چھنہٕ مےٚ بغأر کأنسہِ بوٗزمژ۔ میأنی راے چھےٚ اتھ دوٚیمہِ نظمہِ منز چھِ تِمہِ آیہِ حِسیات تہٕ جذبہٕ ووتلان یِیمہِ آیہِ مشہور انگریزی شأعر کیٹس (Keats) چھُ Ode to a Nightingale نظمہِ منز ووتلاوان۔

۷۔ یِمہٕ سطرٕ چھےٚ اتھ نظمہِ منز:

Still wouldst thou sing and I have ears in vain,

to thy high requieum become a sod.

یِہٕ تیمبتھ چھےٚ کأشرِس منز پھرِتھ استعمال کرنہٕ آمژ۔



۸۔ یہِ چھُ بیتاب صأبُن شار۔



# BAQIAT

A COLLECTION OF KASHMIR POEMS
BY
MUHAMMAD AYUB BETAB
(Posthumously Published)

Printed at Jk Offset Printers
315, Jama Masjid, Delhi-6